# اَمر بتہٕ وَرشُن

(شارٕ سوٚمبرَن)





ٹی۔ این۔ گنجوٗ وِشواس

آکوٗرہ، اَننت ناگ، کشمیر

حال لوئر مُٹھی، گنیش وِہار، جموٚں۔

# اَرپَن



## شیلا گنجو

(14 اگست 1962ء پیٹھ 31 جنوری 1973ء تام)

تَس یاوَن مَژِ یمہِ میٛون پوشہِ باغ پھۄلراُوِتھ تھۄو

تہٕ پانہٕ دژایہِ وَن وِگنبن ہتی زٕوی

کران کران تہٕ کھُرٕ سورگس

—وِشواس

ناو : **امربتہٕ ورٚشن**

شأیِر : ٹی۔ابن۔گنجوٗ 'وِشواس'

کِتاب : شارٕ سوٚ مبرن

نستألیق رَسمِ خط

شوٗد کرن وول : پی۔ابن۔کول سایِل

کمپیوٗٹر ڈی ٹی پی : IILS D.T.P CENTRE

رِنکوٗ کول# 9419136369

چھاپن وٚری : 2008 عیسوی

کُل صفہٕ :

کُل تیداد :

مول : ہتھ روپیہِ صرف

چھاپ خانہٕ :

کِتاب کتہِ میلہِ:

۱۔ ٹی۔ابن۔گنجوٗ 'وِشواس'، مکان نمبر 111، گنپتِش وِہار، لوٚئر مُٹھی، جموٗں۔ فون نمبر 9419683570

۲۔ کیول شرما، پنڈت سٹور، گنپتِش وِہار، لوٚئر مُٹھی۔ جموٗں۔فون نمبر 9419173160

۳۔ سُنیل گنجوٗ، 4082اے کسٹمرس کالونی، سیکٹر 37، سی۔ چنڈی گڑھ۔فون نمبر 0941-7425493

# یتھ سۆمبرنہٕ منٛز

(گوڈُ تھ)

# وِشواس یِیلہِ آسہِ

وِشواس چھُ اِنسانٛی زِندگی ہِندِس قدمَس قدمَس پیٹھ پٔتن آسُن تہٕ نا آسُن باسہٕ ناوان تہٕ ظأہر کران۔ یہِ چھُ سُہ اِحساس یُس اِنسانَس اِنسانٛی یِژ ہُند سَبق تہٕ اوٗصوٗل پَرستی ہُند پاٹھ پلہِ پاوان چھُ۔ شَن اَچھرن ہُند یہِ لفظ چھُ وُنُن رِکیُت بَڑٕ لوٚت مگر تولون تہٕ امیُک گوبر تہٕ امیُک وَزن چھُ کأفی۔ یوٚت تام اِمکہِ مانہِ مطلبکہٕ کھجُرک، دوٗسی آسنک تہٕ اَمہِ کہِ یِحاتُک تولُق چھُ۔ یہِ چھُ سبٹھاہ کھوٚل تہٕ کُشادٕ، باڈٕو گنز تہِ چھُ جان تہٕ قداوار۔ امیُک کاڈ چھُ کیأرُک کیأرُک دژ امُت۔ خاہ سُہ پوٗرن تیاگ یا سمپورَن سمرَپن نی تون یا پٔنن سوٗرے کینٛہہ تَس پَرم برٛہم پَرمیشورَس وٕندِتھ دِیُن یا تُسی پُتراوُن اَسی تَن۔ یَس پوٚز وِشواس آسہِ، یقین مُحکم آسہِ تَسنزِ یِرتھِ پرٔدھِ پھ منیہِ کوٗ نِچھمت پھل ضرور آسہِ بدلس یِوان۔ سُہ چھُ

سبٹھاہ پزٕن سَپدان تہٕ تَس چھےٚ نہٕ یہِ ڈٕلِ زِ تہِ پَرٕھے یِوان۔ تَس چھِ لوکہٕ پھولان تہٕ پھیکہٕ پیٹھے ماز کھسان۔ یہے کیفیت سَپز میأنِس وِشواس صأبَس تہِ تمہِ وِز ییٚلہِ بھگوان گوٗپی ناتھ جی ہٕندِس آشرمَس منٛز 1997 ہٕ سَپدٕ ہتس ''گورٕ وَندنا'' کوی سمیلنَس منٛز۔ ییٚلہِ تِمَس پنٕنِ قلمی ناو (تخلص) وِشواس لیکھنگ اصرار سَپُد۔ اِز تتہٕ چھُ میوٚن تریلوکی ناتھ گنجوٗ وِشواس لیکھان۔ اورٕ یور ژھنڈ ژھأنڈ دِنہٕ پتہٕ نَنوٗ زِ وِشواسَس چھےٚ یہِ ہٕنگراے مأنلی وراثَس منٛزٕ ے حاصِل سَپزٕ ہٕژ۔ وِشواس چھُ یَڈ بٔرتھ لیٚو کھمُت تہٕ لیکھنَس چھٕنہٕ کُنہِ رَنگہٕ پوٚت ہٕوان تہٕ نہَ چھُ پتی یِوان۔

اَمی ہٕنزٕن رَژنایَن منٛز چھُ باوٕ بُرایہِ ہُند باس سَپدان۔ تیمی یہِ آزاد نظمہٕ تہِ لیکھنو وتہٕ باقے صِنفن ہٕنزٕ طبع آزمأیی چھُ بدستوٗر جأری تھوٗتھ۔

یوتأنی اَہنزِ گرگلی زِندگی ہُند تولُق چھُ۔ وِشواس جیٚن پتاجی اوس اوٗرمٹن انت ناگنک سورگی دَیارام گنجوٗ۔ وِشواس ییٚلہِ پٔرتھ لیکھِتھ موکلیوو تہٕ بنییَس ضِلہٕ عدالتَس منٛز سرکأری نوکری۔ پتہٕ کوٚرہَس کھاندر تہٕ زایَس شُری ہَنہٕ تارٕ۔ وُنہِ اَسِس کھاندرس اکہٕ پلہٕ ژٕہ ساڑٕ ژٕہ ؤری یی گاٹی تہٕ گرواجنہِ دِیُت اَمانتھ یُس بےٚ موقہٕ تہٕ بیٚیہٕ سبٹھاہ دِلوز واقعہٕ اوس۔ وِشواس گوزنتہٕ دم پھُٹ۔ اِڈ کھوٗری شُری پیٚنیس پہترٕ نی تہٕ پالنی۔ تِمن مول لاگُن اوس ہتےَ، تِمن پیٚنیس مأج تہِ لاگنی۔ وُنہِ اوس واٗنسہِ لوٗکٹ۔ ہوورِ بو تہِ تہٕ گرِکہٕ کرٕؤس بیاکھ کھاندر کرنک اِصرار اَماپوٗز وِشواسن کوٚر نہٕ تمیک رَژھ تہِ خیال۔ تِمی رٕچھی یِم شُری تہٕ رُوٗدٕ دَیَس پیٹھ یَژھ تہٕ پَرٕھ تھوٗتھِتھ کامیاب زِندگی زُوان۔ شُری گرِن بجاہ نیٚترٕ پأترٕ تہِ کڈِن۔

یَنہٕ کشیٖرِ منٛز آتنک واد پھہلیوٚو تہٕ نہٕ لگن وألی شانٛتی ہنٛدی پأرو کأشرۍ ژٕلۍ وأنسن ہنٛزٕ زہنہٕ جاے تہٕ مِلکیت تہٕ وراثت تِتی ترٛأوِتھ یِزتھ رأچھ کٔرِ تہٕ زُوٚ لرزٕ کٔرِ۔ اتھ زدس منٛز یتھ آو وِشواس تہِ تہٕ ووت جوٗم تہٕ وُنی کِہن چھُ جمی روزان۔ اکھ سرکأری رِیٹایرٕ مُلأزِم اکھ نایب تحصیلدار۔

روٗز ووٚنی أہنٛز شأری تہٕ اَدب۔ وِشواسس چھُ ووتمت یِیٚہ وۄری ترٛہہ مَرِ شار وَنان۔ غزل، نظم، آزاد نظم تہٕ ونٛژ، آرادھنایہِ تہٕ لیٖلایہِ وَنان۔ اَدبی ذوقہٕ شوقس سِتی سِتی چھُ أمِس منٛز دیہِ سُمرنہٕ تہٕ سَناتن دھرمٕچ اصل پزٕ ورتھ موٗجوٗد۔ یِم سنسکار چھِ أمِس پننۍ پتا جی بُزرگن ہنٛدِس صوحبتس منٛز حأصِل سپدی متی۔ یوٚدوے یِمن یوٗت کال شار ونان گو مگر گرٕکس لوہہ لنگرس منٛز سبتھاہ آوٚر روزنہٕ کٔرِ روٗدیہِ پننہِ رَژنایہِ بازر کڈنس منٛز پتھ۔ از چھُ یہِ گوڈنچہ لٹہِ پننین ونژن ہنٛز یہِ انتخأبی سوٗمبرن کِتأبی صوٗرژ منٛز ہیتھ بازر درامُت۔ سوٗمبرنہِ چھُ ناو "امرٕتہٕ ورشُن"۔ شیٖٹھین رَژنایَن ہنٛز یہِ سوٗمبرن وُچھتھ چھُ نَنان زِ وِشواس چھُ دھارمِک گرٛنتھن ہُند اوٚر مُطالعہٕ تھوان تہٕ پزٕ مَنہٕ چھُ پننین دیوین تہٕ دیوِتاہن کیہو ستھن سادَن ہنٛدی گون ورٛھناوان۔ أمِس چھُ روایتی آیہٕ لیکھنس منٛز سبتھاہ مزٕ تہٕ ساد باسان۔ یِمن چھُ پنٛن اکھ مخصوص آے تہٕ آہنگ۔ سنہٕ وِنی یِہنٛدی مأرٕ مُنٛدی بھجن چھِ دِلس پزٕنیہِ وِنی تہٕ دھرمٕچ پرورتھ بخشن وألی۔ یِیٚت تام عِلم عروضچ خبر آسنگ تولُق چھُ۔ وِشواسس چھےٚ واریاہ پتاہ تہٕ واریاہ چھس ہیچھن۔ وقتہٕ وقتہٕ چھِ یِمو مُشاعرن منٛز شرکت کٔرمٕژ۔ ریڈیو کشمیرٕ پیٹھہ تہٕ چھکھ واریاہ رَژنایہِ بوزٕ

ناوِمژ۔ مےٚ چھےٚ پۆر پۆر آش زِ وِشواس پرٛاوِ جلدٕ ے حلقہ اَدبَس مَنٛز اکھ شوٗبرٛژ بۆ رُت ناو...... وِشواس چھُ ہندوستانٛی یَس تہٕ کاشرِس مَنٛز لیکھان۔ یمو چھُ واریاہ لیٛوکھمُت۔ دوٚیم کِتاب چھاپ کرناوُنک سنٛز تہٕ چھُ یہِ وُنکہِ پیٛٹھے کران۔

یہنٛز یہِ شارٕ سوٚمبرن گرٛ ھِ کاشرِ زبانٛی ہنٛدِس شاعری اَدبَس مَنٛز اکھ باگہٕ بۆ رُت برٛزر ثابت۔ کِتاب امر ہتہٕ ورشُن پَرنہٕ ستۍ گرٛ ھِ توہہِ مَنٛز تہٕ دَیہِ وِشواس وویدِتھ تہٕ وِشواسنٛز میٛحنت تہِ اَنہِ رنٛگ۔ بہٕ کرس اٰہی زِ یہےٚ شوٗز تہٕ شرٛوٗژ بکھتی اٰنٛ نَس رُت انجام۔ زِنٛدٕ روٗزِن تہٕ رُمہٕ ریشُن آےٚ لگِنَس۔

ویٛشواس گنٛزنَس ویٛشواس سنٛزنَس ویٛشواس برٛنَس دھیانہٕ داھارنا
وِشواس پۆرن کلیان گرٛنَس وِشواس دِنَس شود پرٛیرنا

سائِل

کیٛنٛہہ شار کرٕ بہٕ تہنٛد مالٕ پھرٕناونہٕ خاطرٕ یٛیتھ درٕج:

گورٕ دیوس کُن چھُ ونان:

گورٕ تیٚمی پرٛزنوو پرٛزنوو پان
پَرمہٕ گورٕ دیو گوپی ناتھ بھگوان

مہا گنیشس کُن چھُ ہتھ پاٹھی زاری کران:

زَیہٕ یگنیہِ تہٕ یَس گوڈٕ اَنوارۍ بکھتن والان پاپنٛز بارۍ
دینہٕ دُکھین ہُنٛدٕ سُے ژوٗ ٹھ یار تَس مہا گنیشس جے جے کار

أ کِس رَژنایہِ مَنز چھِ یتھۍ کُنۍ باوان:

رٕژ کرٕ ے کھبن دِس امربتھ چاوی    ہاوی پَنُنۍ ظھوٗر
چھِنہٕ بکار دھنہٕ دیارتس دھنہٕ وانس    سُے چھے پانس اندر

اومکار سوٚرۄپس مُتلِق یہِ شار وُچھو:

اوٚمٕ ساکار نِرا کار اوم    اوٚمٕ سوٚہم، سوٚہَم اوم
اوٚمٕ تَت ست اوٚمس گر جے    اوٚمس بتھن تھاوِتھ لۓ

یا

گوڈٕ بَرُبھتی لول تےٚ ماے    شیرٕس جاے شیرس پیٹھ
گیانہٕ دھیانہٕ دھارنایہِ پرٕ زلاوپان    اوٚمٕ زان منس مَنز

دِی تو یتھ شارس داد:

پَرمہٕ شکھتی بُھکتی یہِ کرِ حاصِل    گیانہٕ دھیانہٕ بتی بنکھ واصِل
لامکانس لۓ گرٕھکھ پوٚرٕ لولو    مَنہِ ژھاٹرن یار چھنہٕ دوٚرٕ لولو

یتھ شارس مَنز وُچھو کوٚتاہ سَنبر چھُ باونہٕ آمُت:

رَنگہٕ رَنگہٕ روٗپن دھیان چھےٚ تھاوُن    کیاہ خبر کمہِ روٗپہٕ ہاو درشُن
سَتہِ رَنگہٕ رَنگہٕ وِتھ پان چھےٚ تھاوُن    اَدٕ چھےٚ چھاوُن پوٚژ گلزار

کرم چھُ یتھٕ پاٹھۍ وہرٕ ھناوان:

کرٕمچہ ناوے کاٹسہِ کینٛہہ نہٕ راوے    تولنس کھبنہٕ کھبنہٕ پانے سُے
تَس ڈنڈی دارس پان پُترٕ اوٗن    وتہِ بنہِ اتھواس لوتہِ لوتہِ پکھ

شوشنکرس چھُ یتھ پاٹھی بکھتی پوش لاگان:

کٔنن چھس واٗلی ژنڈ ہٕکی ناٗلی      چھُ پھیران آسہٕ وُن باٗلی باٗلی

وَسان جٹہِ منز چھس گنگہٕ دار

دِیم دیدار منس اندر

بھگوانہٕ سُند بجر یتھ کٔنی چھُ یتھ گوڈٕ شارس منز وَکھناوان:

پاٗنس رٔتھ فقیری      بکھتن دِوان اُمیری

اُمی ہنز یہِ دَستگیری      چھے بے مِثال وِیسی باٗے

سوکرنیہِ ہُند حِس چھِ یتھ کٔنی وُزناوان تہٕ ووٹہِ انان سوکرم کرنہٕ باپتھ:

رزِ رزِ کھٔسی تھے پڑاو منزِل      گوڈٕ کریکہٕ وٹہٕ بَران تے دِل

چھاو تھاو بانس وارٕ دِتہٕ دم      سمسار زانتو باٗزی گارٕ برٛم

ماجہِ راٗگنیایہِ چھِ یتھ پاٹھی زاٗری کران:

ڈنڈوت پرٕنام چھس پمپوشہِ پادَن      شیش میون ماجہِ راٗگنیایہِ ارپن

وِنیا پک چھےٚ ہَنہِ ہَنہِ ماٗج بھواٗنی پانےٚ دٕہن دِشاین ژون طرفن

یتھ شارس منز وُچھو یتھ کٔنی چھِ آشہِ توشَس زُوتہٕ جان وَنڈان:

پادَن لگہٕ یوہاو درشُن، چھم مےٚ چاٗنی لادَن

ہا آشہِ توشو جان وَنڈٕ یو کُن تھومےٚ نادَن

آش چھم چاٗنی سیرٕ باجو موڈَل ژٕ وادَن

ہا آشہِ توشو جان وَنڈٕ یو کُن تھومےٚ نادَن

شیٚش ناگس چھِ یتھٕ کٕنۍ توتا کران:

زَلہٕ ہیے مَنٛز چھُ چون آسَن    نیلہٕ ناگہٕ سنموکھ ژٕ باسَن

بےٚ گرٛشھان دۄرناوِ چانے    ساسہٕ موکھہٕ شیٚش ناگہٕ میانےٚ

بڑ اَرِک آنگنچہِ ووما دیوی ہنزِ بگُھتی رَژنایہِ مَنٛز چھِ یہِ باوَتھ کران:

وَنہٕ چَن وِگنٛن چانٛنۍ چھے مارے    سوندرونٛس مَنٛز چانٛنۍ جاے

سوکھٕ دایکھ چھکھ دوکھ ژٕ ہَراَنۍ    ژٕ ےٚ شرن چھی ووما بھوانۍ یاے

'لولس چانٛس لول برےٚ' رَژنایہِ مَنٛز چھِ شو بگُھتی یٚیمہِ آیہِ کران:

گایِتریے ژٕ ےٚ چھے ناٗلی ناگ راج    بگُھتَن دِوان مُکتی ژٕ داج

ہَر جایہِ ژٕ وِیا پک ہٕری ہَرے    پۄز ہوکرَے پۄزا کرَے

یہِ بیا کھ شار بییہِ رَژنایہِ مَنٛزٕ:

مَنہٕ کِس سُندرس مومار گرٛایے    شمہٕ دَمہٕ زاگ ہتھ روزُس ٹُل

وأراگہٕ وانٛتہِ وَس سَنٛز چہِ جایے

مایے لارُس ژھارُن یار

'سنتوش امر بتھ' ناوچہِ رَژنایہِ ہُنٛد یہِ شارُ وچھو کوتاہ رٕسیُل چھُ:

اوم بھوٗرِ بھُواہ سۄاہ مَنترٕ رُت کیاہ

پَرِ یُس پرٛ یٚیمہٕ سان بَنہِ نِروان

کُن اوس، کُن چھُ تہٕ کُن روزِ پانے

تَس شِو وَنانےٚ کرُس پۄزاہ

یہِ واکھ تہِ چھُ داد دِنَس لایق:

سُے بنہِ ہم سۄ، بَنہِ سُے سۄہم

زِنٛدٕ مَرِ رِنٛدٕ نیر جان

سُے لبہِ پےٚ اِدتَس جانانَس

یَس عالمن منٛز پَرمستھان

'بول بوش کرِ جانانس ستی' رَژنایہِ منٛزٕ یہِ شار:

مَس چَمہٕ لولےٚ لولہٕ مَسوانَس  بول بوش کرِ جانانَس ستی

مَنہٕ کے ناگراد وُزِ وُزنی مےٚ پانَس

بول بوش کرِ جانانَس ستی

یا

اَتھس یُس زَپہٕ پننس اۄمَس

سُے گوٚ یۄگی مُکتی بھاو

یِی کینٛہہ لێۄکھُم تی ہامےٚ وۄنُم

کھۄنِتھ جگرس تُسنٛد ناو

یا

وانےٚ وانےٚ مَتہٕ نژتو  پانو پکھتو بہِ سِنٛد گیانےٚ

وانےٚ وانےٚ نتہٕ نژتو  چھُے ماپیۄمُت کانٛہہ ابکھ چھانےٚ

یِتھےٚ تِتھےٚ پاٹھی چھِ شُمارٕ بُدی شاریم توٗہی پانےٚ کِتابہِ منٛز پرُو۔ امرہتہٕ وَرشن چھُ

آمُت مُصنِفہٕ سِنٛز اردھانٛگنی اَرپَن کرنہٕ۔ بَس دِمہٕ بہٕ ووٚنی حوالہٕ موٗجوٗب
شٔرٛ دھانٛجلی رژنایہٕ مَنٛز صرف اکھ بند تٔرٛیێو بَند ومنٛز تہٕ بَس۔

عارٕ روٗس دژاو یارمیٚون

تژ اُوتھ مے ژوٚل وَنہٕ واس گو

دِل پٔژن کتہٕ روٗ دپٔژن

حبس ہوش ڈوٗلُم تلواس گو

اوم شانتی !

## پرٛتھوی ناتھ کول سائِل

138، شاریکا وِہار، سکٹر 4، نوچہٕ 4،
لوئر روٗپ نگر اینکلیو، مُٹھی نکھہٕ،
جموٗں 180013۔



# وَنتی چھُم

کأنٛسہِ لِکھأرِس یا شأعرِس گژھِ نہٕ یہِ گُمانہٕ گژھُن زِ سُہ کیٛاہ چھُ شار وَنَن وول۔ پٔز چھُ یِی زِ یہِ کینٛژھا تہِ لیکھنہٕ چھُ یِوان تہٕ چھُ پَرَم پِتا پرم شِو ہٕنٛزی یَژھایہِ ساتوِک وردھی مَنٛز ماتا سرسوٚتی جی مَنَس مَنٛز أژِتھ مَنہٕ کہِ ناگرادٕ وُزان تہٕ شأعرٕ سُنٛد قلم چھُ شمع باوَتھ کرنہٕ خأطرٕ دَیہِ کرٛ پایہِ کَنٛز لیکھِتھ ہبکان۔ یُز شأعری گَیہِ سوٚے یتھ مَنٛز دَیہِ سُنٛد بجر تہٕ تھزر تہٕ بییٚہِ تٔمی سُنٛد گونہٕ گان آسہِ سَپُدمُت تہٕ بییٚہِ آسنَس تہٕنٛزی مایایہِ تہٕ پرٛکرٛتی ہٕنٛز بکھتی، گیٛان تہٕ دھیٛانکی ژأنگی زالنہٕ آمتی۔ تہٕ انٛدھکارس دوٗر گرِتھ پوٗرن پرٛکاش بھاسکر آسہِ پرٛزلان۔ باقٕے شار بیٚترِ چھِ اگگے کانٛہہ حقیقت یوسہٕ زَن شأعرٕ ہٕنٛدِ دٕسی چھےٚ ہبکان وَرنن سَپدِتھ۔ پٔز زِ تتھ تہِ گژھِ ماجہِ سرسوٚتی ہُنٛدٕ ے انُگرٛہہ آسُن۔

وِشو کلیٛانٕچ بھاونا تہٕ کلپنا ہیتھ چھُس بہٕ ترٛیلوٗکی ناتھ گنجوٗ وِشواسؔ پوٚترٕ سورگی پنڈِت دَیارام گنجو اصلی باشندہ اوگر (مٹن) تحصیل تہٕ ضِلعہٕ اننت ناگ کشمیر تہٕ وُنی کبن 'وِشواس واٹِکا' مکان نمبر 111، گنیش وِہار لوئر مُٹھی (دھرمال) جیٚمہِ روزان تہٕ یہِ باوَتھ کران زِ پرَم پِتا پرَم شِو ہٕنٛدِ دِتٕ مِتہِ قلمہٕ، ماتا سرسوٚتی جی تہٕ بھگوان

گوٗپی ناتھ بَبہٕ سنٛز کرٕ پایہِ کُنی چھِ مےٚ کاشرِ تہٕ اردوٗ زبانٲنی منٛز وِزِ وِزِ ویلہٕ وَقتس منٛز کینٛہہ رژھنایہِ گرٛی متی، یِہُند تیداد تِتن منٛز چھُ تہٕ بییہٕ چھِ یہِ اِزمائیش جاری۔ یم زن بکھتی، گیان تہٕ دھیانٕک دود زوٗ ورِتھ تہٕ مُنٛدِتھ تھٲنی بنان چھِ۔

یہِ کتھ چھےٚ بھاوٕنی ضروٗری زِ شاعرِی ہُند قلم سنٛبالنہٕ پتے لوگ مےٚ پنٛن قلمی ناو ژھارُن تہٕ لیٛوکھُم (بُلبُل)۔ پوٚز یہِ روٗدتوٚت تام یوٚت تام اَسہِ ریٚشی وارِ منٛزٕ زُولرٕز ژُلن پیو۔ تمہِ پتہٕ لیٛوکھُم جوٚم وٲنتھ (شانٛت)، پوٚز یہِ تہٕ روٗد کمیے کالس ورتاونہٕ یِوان۔ اَخرس 1997ہٕ منٛز ییلہِ بھگوان گوٗپی ناتھ بَبنہٕ زنمہٕ دِہن چھہٕ پوٚرٕ وٗری ییچہِ تقریبہ مَناونہٕ آس سِلسِلس منٛز اَودے والا بھگوان گوٗپی ناتھ جی ہٕندِس آشرٛمس منٛز اِملکہِ ٹرسٹہٕ کہِ اہتمامہٕ اکہِ ''گورٕ وَندنا'' ناوٕک کوی سمیلنٛک سنٛز کرنہٕ آو۔ اِدمےٚ تہٕ پرٕ پنٛنہٕ گورٕ وَندنا۔ کوی سمیلنٛکی اَکی موٚہتمم آدرنی پرٕتھوی ناتھ کول سائِل سابن وون مےٚ ہمدردی سان زِ جان گژھہِ ہے 'شانٛت' قلمی ناو بدلاوُن تہٕ کیازِ 'شانٛت' چھُ پروفیسر رتن لال لیکھان تہٕ تم چھِ وارِیاہ مشہوٗر تہٕ ادبی حلقن منٛز چھُ یہِ اکھ خاص ناو۔ مےٚ پرٛژھ سائِل صابس تیلہِ کیاہ لیکھہٕ بہٕ تہٕ سائِل صابس ژوٚل وَژھہِ وٲنٛجہِ نیرِتھ ''وِشواس''۔ بَب چھُم ساکھی مےٚ زون یہِ بھگوان بَب سُند لولہٕ ہوٚت پرٕسادتہٕ دِژمس تھپھ تہٕ پتہٕ وَرتووُم 'وِشواس' یوٚت۔

پنٛنو وانٛیاہو تخلیقو منٛز چھس بہٕ اَز پنٛنین دوستن ہٕندِس باند باند کرنس پتھ رَژنایہِ 65مرٕ اَکس سوٚمبرنہٕ منٛز بازر کڈنٛچ جسارتھ کران۔ پرٛیہم لولے بریہم۔ ییتھ گوڈنٛچہِ شار سوٚمبرنہٕ ہُند ناو دوٚتھ: ''اُمر بتہٕ ورشُن''۔

میانہِ یٖمہِ گوڈنچی شارٕ سۆمبرنہِ ہنٛدِ چھاپ کرنُک شرٛ یٚے چھُ میانٛس پَرمہٕ گورٕ دیو بھگوان گۄپی ناتھ ہَس گوڈٕ تہنٛزٕ یَژھایہِ چھُ میانٛس پٔنٛنس پَرمہٕ میٚترٕ آدرنی پرٛتھوی ناتھ کول سائِلؔ صأبَس یمو مےٚ یہِ کِتاب چھاپ کرنس منٛزٕ رٕسم خط شۆدکرِتھ تہٕ اچھ شیٖرٕ پأرتہٕ اتھ کِتأبی صوٗرت دِتھ سبٹھاہ سبٹھاہ ہمدردی کٔر۔ سائِلؔ صأب چھِ پٔزی پأٹھی بہلہِ پایہِ تخلیق کار، صحافی تہٕ کأشِر زبأنی ہنٛدی تھٔکنٕ لایق ژُکدر۔ مےٚ وُچھ یہُنٛد خلوٗص پرٛۆ کھُٹ۔ یم چھِ کأشِرِ زبأنی تہٕ کأشِرِ ادبکی سو پرٛزلونٕ مشألی یوسہٕ ہَر ہمیشہِ زوتوٕنی روزٕنی گژھِ! تِتھس ژُکدرس پیٹھ آسہِ اَسہِ سارِنٕے فخرٕ۔ بھگوان بب روٗزِن یمَن تہٕ اَسہِ سارِنی سَدا میٚہر کران۔

اوم شم۔

تزیلوکی ناتھ گنجوٗ وِشواس



اوم نمو بھگوتے گوٗپی ناتھاے

# 1- گور تیٚمی پژٕ زنوو

گور تیٚمی پژٕ زنوو پژ زنوو پان    پَرمہٕ گورٕ دیو گوٗپی ناتھ بھگوان
کھہنہٕ کھہنہٕ چھُس میٚون ڈَنڈَ وَت پرٕنام    پَرمہٕ گورٕ دیو گوٗپی ناتھ بھگوان
سیٚدِ داتا چھُم سُے مہا گنیش    راگنیا، شارِکا، شاردا پیٹھ شیش
تَنہٕ مَنہٕ تَس روزٕ پوٗزا کران    پَرمہٕ گورٕ دیو گوٗپی ناتھ بھگوان
پَرم برٕہم، شنکر، برٕہما، ویٚشن    ترِ کوٗٹی دیوتا میٚون سُے چھُم
شکھتی سروٗپ تے بکھتی پرٕدان    پَرمہٕ گورٕ دیو گوٗپی ناتھ بھگوان
تاج چھُس دَستار مَل مَلہِ ہُنٛد    ٹیٚوک چھُس ژٕندرَم کونگہٕ وار ہُنٛد
ناگہٕ راجہِ ہٕٹہِ نٲری وَن شوٗبان    پَرمہٕ گورٕ دیو گوٗپی ناتھ بھگوان
چَرسہٕ دِہ کیٚاہ چھکان موکھہٕ ہے چلم    بزوٗنہہ کنہِ جوٗالاجی دوٗنی دزٕونی
تَپہٕ زَپہٕ گیانہٕ دھیانہٕ جوٗتی پرٕزلان    پَرمہٕ گورٕ دیو گوٗپی ناتھ بھگوان
پمپوشہِ پادَن چھُس رونہِ کھرٕ او    سارِنٕے باسان سوٗنٕے ژاو
رادھایہِ چھُنہٕ کرٕشن بیٚون آسان    پَرمہٕ گورٕ دیو گوٗپی ناتھ بھگوان
اومکار سوٚ روٗپے سُے اومکار    بکھتن چھُ دِوان یوٚ سَرٕ تار
سَرٕ وِدیا یِک سُے ژور وید پُران    پَرمہٕ گورٕ دیو گوٗپی ناتھ بھگوان
نٕکھی ڈٕکھی بکھتیٚن ہٕنٛز اَسِنہٕ سَتھ    سَنمو کھ بَب یوان تی مے حاجتھ

گنگا جمنا جی چھِس اَتھٕ بُتھ چھلان    پَرمہٕ گوٗرٕ دیوٗ گوٗپی ناتھ بھگوان
کرٕمہٕ وان دَھرمہٕ وان کاُتیاہ مہان    تیمۍ ہٕنٛدٕ بن بَگھتن چھُ میوٗن پرٕ نام
تِہنٛدی دھرمہٕ سےٚ تہٕ ٹوٗٹھِ بَب مستان    پَرمہٕ گوٗرٕ دیوٗ گوٗپی ناتھ بھگوان
وِشواس بَبہٕ ہٕنٛدی ویٚشواسےَ    چھُ وِسان چھُ بَبس ٹوٗٹھ داسےَ
اَشہِ گراں موٗختہٕ ملہٕ چھُس نالہٕ ترٛاوان    پَرمہٕ گوٗرٕ دیوٗ گوٗپی ناتھ بھگوان



## 2- تَس مہا گنیشس جَے جَے کار

شِوٕ ناتھن یَس دِیُت آدِ دیوٕ آدِھکار    تَس مہا گنیشس جَے جَے کار
بَگھتن بوزان سُے سَدا زارٕ پار    تَس مہا گنیشس جَے جَے کار
پادِ کملن گوڑٕ تَس پیمہٕ پرٕنۍ    ستی رَٹہٕ ژرَنے گوٗرٕ دیوٗس
پھِرِ سمرنہِ لبہٕ بوٕ سرٕ تار    تَس مہا گنیشس جَے جَے کار
شکھتی ہُنٛدُ یُس زن سَنتان    سادَن سنتن ہُنٛد سُے دیان
رِدھِ سِدِھ ہُنٛد یُس پانہٕ تاجدار    تَس مہا گنیشس جَے جَے کار
زَپہٕ یگنہِ تپہٕ یَس گوڑٕ اَنوآرۍ    بَگھتن والان پاپٕنۍ بارۍ
دِینہٕ دُکھین ہُنٛد سُے ٹوٗٹھ یار    تَس مہا گنیشس جَے جَے کار
کینٛہہ وَنان چھِس چھُکھ ایکہٕ دَنت    کینٛہہ وَنان چھِس چھُکھ وینا یک
سُے میوٗن آدِ دیوٗ موٗشکس سوار    تَس مہا گنیشس جَے جَے کار

ٹاٹھی چھِم لۆڑی اُمِس کھیٚاوَن باوِسان   چاوَن دود کھیٚاوَن کھِر تھال
یو ہے میٚون گنپت چھُ سَرو آدھار   تَس مہا گنیشس جے جے کار
وِشواس داسہٕ باوٕ میٚون زارِ پار   گوری شنکرس ستی ہیتھ کُمار
سہایتس روزُم شِو ہیتھ پَرِ پوار   تَس مہا گنیشس جے جے کار



## 3- جاے چھےٚ تھزٕ رَس تَس جانانَس

جاے چھےٚ تھزٕ رَس تَس جانانَس   سُے چھے پانَس اَندر
مۆرتزٕ اوِ پَتھ کُن میلہِ لامکانَس
سُے چھے پانَس اَندر
رٕژٕ کرٕ ژے کھِبن دِس امرِتھ چاوی   ہاوی پَنہٕ نُے ظہوٗر
چھِنہٕ بکار دھنہٕ دیٚار تَس دھنہٕ وانَس
سُے چھے پانَس اَندر
دوٗر چھے نہٕ ستی چھے شاہ چون سُے چھے   گچھِ کُٹھِ چھے ہیتھ وَنہٕ کڈتن
پوٗز کر ہَنہِ ہَنہِ تھنڈِس نوٗرانَس
سُے چھے پانَس اَندر
ژےٚ تہِ سُے، مےٚ تہِ سُے سَت سنگہٕ سوزِ سُے   اومکارٕ سوٗرٕ پِس برہمَس لول
سَت سَنگ ڈُٹھ چھےٚ اُمس یَوانس

سُے چھُے پاَنس اَندر

کم چھی چاَنی میٖتھر وَنہِ کڈتھ شیٖتھر ییم شیتھر گوڑ واے تمِہٕنے یستر

مؤل تَمن گاٮ۪نز وَن بھگوانس

سُے چھُے پاَنس اَندر

دوہ تارٕ یتہٕ یور یتھ سمسارس دزٕ وٕ‌ٮ۪س نارس پھولیم گُلزار

پان وَنڈٕ پزمہٕ گورٕ گوٗپی ناتھ بھاَنس

سُے چھُے پاَنس اَندر

وِشواسہٕ واَٮ۪نس چھنہٕ زانٮ۪ہہ کاَٮ۪نسہِ سوران پوٗز پہوان پھیرُن یِنہٕ گرٕھنس

تتھ ہیٚرِ ٹکھ دِیہِ منگ بھگوانس

سُے چھُے پاَنس اَندر



## 4- گیاٗنچ کتھ چھے داَرُن دھیان

گیاٗنچ کتھ چھے داَرُن دھیان
اوٗمکار سوٚ رؤ پس روز پوٗزان

اوٗ مکار سوٚ رؤ پے پَرم شیو زان
اوٗ مکار سوٚ رؤپَس روز پوٗزان

واسنایَن دِتہِ گوڈنبتھ چھل
اَتھ بتھ چھیٚلیتھے وات سُمن بَل

منزٕ بزِ کوٗٹی یِیہِ سُے پزٕ کاشان
اوٗ مکار سوٚ رؤپَس روز پوٗزان

نبر مَل باوتھاوتی گژھی چاَن
گوٗمنتھ پَہ سُے پزٕناوٗ پان

کھٔنٛ کھٔنٛ نیرٕنٛی پانہٕ سونہٕ کان — اوٗمکار سوٚر رۄپس روز پۆزان
کھمہٕ کیاہ چھمہٕ کیاہ کتھ چھُ سَنٛن — پۆزارِ بدٕلی آسہِ والتہٕ بڑ وٕنہہ گَن
اَگٕنس سوٚ اہا چھِے ہُمن پان — اوٗمکار سوٚر رۄپس روز پۆزان
گیانہٕ دھیانہٕ یلہٕ گرٕھَن دارِ تےَ بَر — وَق زان غنیمت ژٕہرٕ مہ ساٚ کر
شکھتی پۆز کرٕ بکھتہٕ باوٕسان — اوٗمکار سوٚر رۄپس روز پۆزان
سَر کرٕخم نِشہٕ یوٕ گیشورَس — شکھتی ہِندِ ہے ٹاٹھس وَرِس
مہا گنیش چھِے یمن ٹوٹھ سنتان — اوٗمکار سوٚر رۄپس روز پۆزان
جایہٕ جایہٕ مایہٕ ہوٚت تَس بَر لول — یار دوس باندھو سے ماج مول
وِشواسہٕ گرٕہے منز تیوَن — اوٗمکار سوٚر رۄپس روز پۆزان



## 5- اومکار سوٚر رۄپس پرٕمیشورٕ ہے

اومکار سوٚر رۄپس پرٕمیشورٕ ہے — پۆزابہٕ کرٕے بُگھتہٕ باوٕسان
اوم اوم اومہٕ شبدٕ دھیان بو کرٕ ہے — پۆزابہٕ کرٕے بُگھتہٕ باوٕسان
گیانہٕ دھیانہٕ تپہٕ زپہٕ لولہٕ بکھتی ستی — مول سون چھُ کران رأچھ بکھتَن
تَس بَس وِزِ وِزِ بہٕ تہٕ لول بَرٕ سے — پۆزابہٕ کرٕے بُگھتہٕ باوٕسان
مہا لکھٔمی ستی تَس وَنان وِشنو — تَس وَنان لکھٔمی نارایَن
سوے ستی شکتی شِوٕ شنکرٕ ہے — پۆزابہٕ کرٕے بُگھتہٕ باوٕسان

اکھنڈ برٛ ہمانڈ سُے پَر ماتما    برٛ ہما، وِشنو، سُے چھُ مہیش
وِیا پک ہَنہٕ ہَنہٕ تَس بغاَر کانٛہہ نہٕ چھُے    پۄزابہٕ کرٛ سے بُگھتہٕ باوٕسان
مؤلہٕ آدھار چھُے سُے بَس پانہٕ    سُے پرٛ کرت تے سُے قو درَت
زَگتن سُہ زوپمُت تَس اَند رکانٛہہ ناچھُے    پۄزابہٕ کرٛ سے بُگھتہٕ باوٕسان
رادِھکا پانہٕ سُے کرٛشن پانہٕ    یوگہٕ یوگہٕ داران سُے اوتار
بُگھتن تار دِوان سُے چھُ نوِ سَرٛ ہے    پۄزابہٕ کرٛ سے بُگھتہٕ باوٕسان
رَنگہٕ موٗت چھُنہٕ مَنگان دھنہٕ تےَ دیاٗرے    تَس بَس خوش کران ٹاٹھ بُگھتی
کھبنہٕ کھبنہٕ راَ چھدر سُہ بُگھتن گرٛ ہے    پۄزابہٕ کرٛ سے بُگھتہٕ باوٕسان
مؤلا دھارَس چھُنہٕ اَنتھا کُنے    اومکار سوٗ روٗپے وِیا پک سُے
وِشواس زَگتن بُگھتہٕ وَتسلہٕ ہے    پۄزابہٕ کرٛ سے بُگھتہٕ باوٕسان



# 6- اوٚم زَپتو

اوٚم زَپ تو اوٚم سورتو    اوٚمَس ستبن تھاوِتھ لےَ
گرٛ ٹھی دوٗر زنمہٕ زَنٛج کھے    اوٚمَس ستبن تھاوِتھ لےَ
اوٚم ساکار نِرا کار اوٚم    اوٚم سوٗہَم ھمسو اوٚم
اوٚم تَت ست اوٚمَس کرٛ جےَ    اوٚمَس ستبن تھاوِتھ لےَ
اوٚم برٛ ہما اوٚم وِشنو    اوٚم شکتی تہٕ شنکر

پَرم شِو گو اؤہے سورُے اؤمَس ہستھن تھاوِتھ لَے

شُٹھے ژٔکرِ یور اؤہے لل دید پچھ تہ وٲژ ٹنتی مس پَرم دامس

اؤمَس ہتی اؤہے لَل دید چھے اؤمَس ہستھن تھاوِتھ لَے

اؤہے پوٗزان رؤد بھگوان اَمر چھے گوٗپی ناتھ بھگوان

دِوان بکھتن اؤمُک سے پے اؤمَس ہستھن تھاوِتھ لَے

یہِ گو زٲوی جار لبکھ بھوِتار زیوٗن گو وہند چھُ سے اؤمکار

تھوٗس بکھتی حوالہٕ گوڑسے اؤمَس ہستھن تھاوِتھ لَے

گیان ٹک تھزر گو دارُن دھیان تُسند مَنہِ مَنز زاتِھ تھان

سَدا اؤم، اؤم، اؤم پَران روزے اؤمَس ہستھن تھاوِتہ لَے

کران وِشواسہٕ روز اومکار دھیان دیُتے بھونیشوری سے گیان

اؤہے زانتن سو پانے چھے اؤمَس ہستھن تھاوِتھ لَے



# 7- شری ہری ہنزِ گٔنزراو ماے

شری ہری ہنزِ گٔنزراو ماے ویکونٹھس چھے بکھتن جاے

تتہ نہٕ سأ روزان تَس کانہہ ژھاے وِیکونٹھس چھے بکھتن جاے

شیشہٕ ناگس پیٹھ وبراجمان بکھتن ہندی زار بوزان

کھیرِ ساگر لولہٕ ماران گراے ویکونٹھس چھے بکھتن جاے

ساکار پانہٕ سۄے اوٗم نِراکار — وِراجمان مَنٛز مَنہِ گیانہٕ دھیانہٕ وِہار
دوٗ گنیارٕ دوٗر وسِتھ کایایے — ویکوٗنٹھس چھے بَکھتن جاے
ہٕری ہَر گارُن ہر جایہ سۄے — سۄے مێون بَب ماج گورٕ دیوۄ سۄے
تَس وَنان رَنگہٕ موت رٕژِ زنگہٕ آے — ویکوٗنٹھس چھے بَکھتن جاے
دوٗر مہ سا ژِل ٹُل ویٚوٗر ڈلس — بَرجستہٕ پمپوشِ پھوٗلی مَنٛز زلس
موٗل چھس رٕٹِتھ مَنٛز سمبھِ جایے — ویکوٗنٹھس چھے بَکھتن جاے
وِشنو پار برٛہم شِے ژکر پار — بھو منڈلن یُس گٔرِتھ وِستار
ازپا زپ اوٗم تھی بَر ماے — ویکوٗنٹھس چھے بَکھتن جاے
وِشواسہٕ رام چھے مَنہِ مَندرس — کرکرِم رٕتی رٕتی کرٕمہٕ کھیتٕرس
اوٗم کِس سارَس مَنٛتھ بَر ماے — ویکوٗنٹھس چھے بَکھتن جاے



## 8- شٕری ہری سنٛز ماے یَس گنہِ مَنے

شٕری ہری سنٛز ماے یَس گنہِ مَنے — تَس یِیہِ وَنے پار برٛہم رام
اوٗمکارٕ سوٗروٗپ یُس مَنٛز مَنہِ کھنے — تَس یِیہِ وَنے پار برٛہم رام
گوٗوِند گوٗ بُتھ گوکُل وَنے — پوشہِ نوٗل بول بوش کرِ پژ باتَن
گوش تھاوِ ہوشدار بَکھتی سنے — تَس یِیہِ وَنے پار برٛہم رام
پنٛجرس مَنٛز بَند [illegible] — [illegible] بول رووِ جانہٕ دار

طوطہٕ ییٚلہِ بَرٕ ژَلہِ کتہِ پرٕژھِ تتنے    تَس ییہِ وَنۓ پار بزٕہم رام

ژٕنہٕ کانٕہہ بہٕ نہٕ کانٕہہ یُس کانٕہہ کُمٕ وُچھ    سُے کانٕہہ ژھاران روز دہن راتھ

گورٕ واکہٕ لل دید پُچھ تمہِ ڈیٗوٹھ مےٚ    تَس ییہِ وَنۓ پار بزٕہم رام

سَت سنگہٕ رَٹھ سَنگ تیٚلہِ گرٕھی دوٗرزٕ نگ رَنگہٕ رَنگہٕ بولہِ بول بول بوشاہ

سَتھ وبڑارَست گورس نیٚمہِ تُمٕ کٕہ ہے مَنے    تَس ییہِ وَنۓ پار بزٕہم رام

وِشواسہٕ وُنہِ چھُکھ دود ژٕ ے اوٕمے    زاگ چھے ترٕاوِتھ زوٗ ورٕنی ہے

تھٕنٕز چاٗنز گوٚبنہِ پوٚس تتھ نَنے    تَس ییہِ وَنۓ پار بزٕہم رام



## 9- اوٗمسے پُشر او پانٕژھ توت پان

اوٗمسے پُشر او پانٕژھ توت پان    اوٗمہٕ زان منٕس منٕز

اوٗم نامہٕ سُمرنہِ پزٕ اوٗ نبروان    اوٗمہٕ زان منٕس مَنٕز

اوٗمہٕ اندر اوٗمہٕ نبر    اکھنڈ بزٕ ہمانڈ اومکار زان

دھیان دار اوٗمکارٕ پزٕ زناو پان    اوٗمہٕ زان منٕس مَنٕز

سادَن سٔتن پۓ اومکارُک    گارُکھ پانسہٕ ییٚن سنموکھ

اَشٹہٕ سِدہ پزٕ اوکھ وُچھکھ بھگوان    اوٗمہٕ زان منٕس مَنٕز

گوڈٕ بَرٕ بھکتی لول تےٚ مامے    شیرٕس جاے شیرٕس پیٚٹھ

گیانہٕ دھیانہٕ دارناہِ پزٕ زناو پان    اوٗمہٕ زان منٕس منٕز

اَکھنڈ بڑ ہمانڈ یاگ دیوتاہ اوٗمکار — ساکار نِرا کار گاشہِ انبار

ویراٹھ سوٗروٗپس کرُس گونہٕ گان — اوٗہے زان مَنَس مَنز

لچھہِ ناوٕنوٗن سُے اوٗمکار پانَے — لچھہِ بُدی رِ پھ سُے دارانَے

لچھہِ نوٗومےٚ گچھہِ کُٹھہِ چھےٚ وِراجمان — اوٗہے زان مَنَس مَنز

زَپہٕ یُس اوٗم اوٗم رَنٛدِ نیرِ جان — وِشنو سوٗروٗپس دأرِتھ دھیان

وِشواس تَنہٕ مَنہٕ روزِ پوٗزان — اوٗہے زان مَنَس مَنز



# 10- کور جنگلوٗ دڑا کھ مُتھِتھ سوٗرِ لولو

کور جنگلو دڑا کھ مُتھِتھ سوٗرِ لولو — مَنہِ ژھارُن یار چھےٚ نہٕ دوٗرِ لولو

دود چھُ چھکران کڈان تھٔنی ژوٗرِ لولو — مَنہِ ژھارُن یار چھےٚ نہٕ دوٗرِ لولو

بَن ژٕ رادھیکا شیاما بن ژٕ جسدا — بَن دیوکی واسدیو پڑ او جلوا

رَچھنہِ کامدیہنہ بَن ژٕ نَنٛد گوٗرِ لولو — مَنہِ ژھارُن یار چھےٚ نہٕ دوٗرِ لولو

گژھ شمعس روز کرن یِنہٕ ہمکھ پَتھ — کُن پار بڑ ہم تھو ووٚندس تمٔی ہنٛز ستھ

عشقہٕ نارے دَزِ پوٚنپوٗرِ لولو — مَنہِ ژھارُن یار چھےٚ نہٕ دوٗرِ لولو

کُن اومکار سارِنے سور گُن دار — یُس زَپہِ اوٗم سُے لبہِ بھوٚسرِ تار

لےٚ گژھی سُے نوٗرَس نوٗرِ لولو — مَنہِ ژھارُن یار چھےٚ نہٕ دوٗرِ لولو

پَرمیشور شکھتی بُھکتی ... کرِ حاصِل — گیانہٕ وِگیانَس ستی ... واصِل

لامکانس لۓ گرٛھکھ پۆز لولو — مَنہٕ ژھاٗرن یار چھے نہٕ دۏرِ لولو

چھےٚ نہٕ سہل کتھ میلنٕی مَنشہِ کایا — ژھاٗرن اۏ مکار گاٗرن بَرٕس مایا

گور چھے گرٛھُن کھُسِتھ کوہِ طوٗر لولو — مَنہٕ ژھاٗرن یار چھے نہٕ دۏرِ لولو

بۄہہ گوپھِ مَنز اَنہِ گٹہِ گٹہٕ گرٛھی دۏر — روزِ ہَرسۏ ژٕے پرٛکاش پرٛزلی نۏر

پَرمہٕ شکھتی بنی کنہٕ دۏر لولو — مَنہٕ ژھاٗرن یار چھے نہٕ دۏرِ لولو

پوٗنیہِ کرمو نیرت تیرٛتھن لۓ بَر — چھی ساٗری تیرٛتھ ژٕے پاٗنس اندر

وَس سنٛزس لبُن دُر پۆز لولو — مَنہٕ ژھاٗرن یار چھے نہٕ دۏرِ لولو

اَکہِ شہہ چھے تژ اوٗن موٚر پتھ گن — پٕنہٕ گرٛھنچ ہیرٕ منگس وونی بخشن

نارٕ کار پان نوٚن نیرِ نۏر لولو — مَنہٕ ژھاٗرن یار چھے نہٕ دۏرِ لولو

لل دید نوٚن وۏن تس گیٛول عالمن — لۏکہٕ پامے کنو بوزٕ شرٛ رامن

ۏژھ ہتا جی گر بھۏمہِ منظور لولو — مَنہٕ ژھاٗرن یار چھے نہٕ دۏرِ لولو

پوٚز وِشواس! پَرمہٕ شو ہنٛز زِتنا — تَس میلتھ پتہٕ اِد ژھبتہٕ گرٛھی تہٕ کن

زِندٕ مَرِ یُس رِندٕ نیرِ پۆز لولو — مَنہٕ ژھاٗرن یار چھے نہٕ دۏرِ لولو



# 11- وِپدنےٚ زانکھ سارَس سنتو

وِپدنےٚ زانکھ سارَس سَنتو
سار چھُے اۄ مکارتی وَنتو

کارَن تارَن سۄہَم بَنتو
سار چھُے اۄ مکارتی وَنتو

وأنسہِ مُشر وۄتھ کلپن منتو
یِنہٕ تےٚ گرشھنچ گِنتی وَن

کیٚاہ چھُے حاصِل یمن کلپن تو
سار چھُے اۄ مکارتی وَنتو

سوٗرُے سمسار سۄ پناہ زَن تو
اَچھ وُڈٕ تھےٚ پَرٛتھ اَتی گٹہِ نۄر

پۄز چھُے پَرم شِو سو پرٛکاش بَنتو
سار چھُے اۄ مکارتی وَنتو

مایا ترٛ اُوتھِ کایایہِ سنتو
کتہِ آیہِ رِکرٛتھ چھُے اتھ مَنز چھُ کیٚاہ

وانتہِ وَس سُدرَس ڈنگل بنتو
سار چھُے اۄ مکارتی وَنتو

یِنہٕ تےٚ گرشھنچہِ مالہِ ژَٹھ پَن تو
مَنزِ سِنزس ژیٚےٚ اتھِ لگی لال

مولہٕ رۄس دُرلب وأصِل بَنتو
سار چھُے اۄ مکارتی وَنتو

قطراہ سُدرَس نِشہِ چھُکھ ژھنہٕ تو
ہُندران آمُت ہُندرن مَنز

سُدرَس میٖلتھ سُدراہ بنتو
سار چھُے اۄ مکارتی وَنتو

وِشواسہٕ کوِتایہِ وُزٕ ناوپَن تو
شمہٕ دَمہٕ سوے گت دٕبن کیو راتھ

مَن ژبتھ ڈنجہِ تھاوتت ست بنتو
سار چھُے اۄ مکارتی وَنتو



# 12- مَنہٕ وَنتو سَنہٕ وُن ژٕ ے

مَنہٕ وَنتو سَنہٕ وُن ژٕ ے — بزم چھُ سمسار شم کُنۓ

اوم چھُ آکار، اوم چھُ آدھار — پانہٕ نِشہِ ناچھے بیۄنۓ

بزم چھُ سمسار شم کُنۓ

وارِ دُ چھنَو دار ترٛ ؤ پرِتھ — سۄن سمندر ریٛژ پرُتھ

لاے ووڈھ ڈنگل تَتہِ ژٕ ے — سَنگ فارس کھارُنۓ

بزم چھُ سمسار شم کُنۓ

چھُنہٕ مُشکِل یۄ د کرَکھ کل — ووتھ وُچھس وونت وَس ژٕ ے تل

تا اَبد حاصِل بُنی زَے — چھُنہٕ اِد کینٛہہ ژھارُنۓ

بزم چھُ سمسار شم کُنۓ



مَنہٕ وَنتو سَنہٕ وُن ژٕ ے — بزم چھُ سنسار شمتو ژٕ ے

اژھ ژٕ اندر لولہٕ مَندر — تھَو سجاوِتھ شۄبہ دار

بزم چھُ سمسار شم تو ژٕ ے

چشمہٕ مِژ راو اُتی بہِتھ چھے — شامہٕ سوندر تا جدار

اکھنڈ بزٕ ہمانڈس سَر وِ ونیا پک — تَس اندر نا کانہہ تہِ چھے

بزم چھُ سمسار شم تو ژٕ ے

ووتھ ژٕ وُچھ اَسونہٕ دَہانۍ        شرٕ رامہٕ سُنٛد مٛندر شۆبہٕ وُن
وَلہٕ ہَناہ بۄ وٕنہہ گُن ژٕ پکھ        شِوالہٕ شِوٕ سُنٛد لۆبہٕ وُن
سُے شرٕ رام مَندر سُے شِوالۍ        دوشوے گُنی میخانہٕ چھُے

بۄم چھُ سمسار شم توٗ ژٕ ے

وُچھ ژٕ ساقی بأگراوان        چھُے پھِران بیٛون بیٛون جام
کیٛنہہ گُمتۍ چتھ کیٛنہہ چھِ پۄاران        کیٛنہہ چھےٚ وُنۍ مدہوشی تام
رٹھ ژٕ لولہٕ تۍ مایہِ چھُے دِوان        جام جَم ہتھ پانہٕ چھُے

بۄم چھُ سمسار شم توٗ ژٕ ے

وِشواسہٕ سان رۆٹ تۄے پَن        وُنکبن سبٹھاہ تَس اَس تۄلیش
لولہٕ ستی بأگران آس مایہِ سانٕۍ        گوسہٕ پیش
اۆم کھٕنتھ چھُس مَنز منَس        اوسم ہے پنُن دیوانہٕ چھُے

بۄم چھُ سمسار شم توٗ ژٕ ے



# 13- سورُے مُشرُن تڑاوَن پیٚتی یأے

سورُے مُشرُن تڑاوَن پیٚتی یأے سَنٛز ژٕبتھ چَنٛدِ بَر سوٕہَم سوٕ
تورناے بییہِ کینٛہہ روزی ستی لُتی یأے سُنٛز ژٕبتھ چَنٛدِ بَر سوٕہَم سوٕ
سُلہِ دوٚتھ ٹلہِ مُلہِ چھے ناگراداہ رأ گنیا اَمی وِزِ باغ شیران
جَل گژھ ماجہِ لاگ پوش لوٕہتی یأے سُنٛز ژٕبتھ چَنٛدِ بَر سوٕہَم سوٕ
باغس پھیران زاگہِ روز آغس دژاگس ماگس سُے بییہِ بکار
پوٕزایہِ لاگُس تس پوشے پھوٚتی یأے سُنٛز ژٕبتھ چَنٛدِ بَر سوٕہَم سوٕ
لول بَر کُکلِے شبدِ بوزٕ ناوان گوٚ وبنٛدِ گو وبنٛدِ تتھ تھاو دھیان
اوٗم شبدِ پَراوَمس بڑوٹھِ تےَ پتی یأے سُنٛز ژٕبتھ چَنٛدِ بَر سوٕہَم سوٕ
اوٗمکار سوٚر روٗپے نوٗرِ نوٗرانے سُے پڑزلانے الف واومیم
اِیشور واَحِد مالِک تتہِ تےَ پیٚتی یأے سُنٛز ژٕبتھ چَنٛدِ بَر سوٕہَم سوٕ
حوسن دژوت دِکھ گاسہِ ہوکھناوکھ روزِ شاداب اِدِ چون گُلستان
چھے گُلستانس منٛز نوٗرٕ موٚت یأے سُنٛز ژٕبتھ چَنٛدِ بَر سوٕہَم سوٕ
یوٚ دکھسکھ ژٕ کوہَن تتہِ کیاہ لاری کُن گُل میٚہ زَن مُشکٕنی انبار
لامکان منٛز منہِ پڑزٕ ناو پیٚتی یأے سُنٛز ژٕبتھ چَنٛدِ بَر سوٕہَم سوٕ
اوٗمہِ شبدلل دیدِ زاوِیل کوٚتیأے تتھ دوٚ پنٛس ہشہِ تڑاو سُدرس
دیوٕ آسن تھ بپوش کھتی یأے سُنٛز ژٕبتھ چَنٛدِ بَر سوٕہَم سوٕ

یہٕ گہ بل لل دیدِ پژ ووست گورس ہوُن اۆ مکار سوٚ روٗپۍ ست سمسار

اۆمہٕ ہۍ لۍ گیہ لل دید پیتی یئۍ ... سَنۍ ژبتھ چَنٛدِ بَر سۆہَم سۆ

لولہٕ واکھ اکہٕ وِزِ شولہٕ ہسا مارن ... رکتہٕ ہَن تارن بھوٚ سرِ اپور

للہٕ واکھ عرشکۍ تورے وُتھی یئۍ ... سَنۍ ژبتھ چَنٛدِ بَر سۆہَم سۆ

سَر چھُم سَدا اَخم چھم خبر پانَس ... جانِ جانانس باوتَس خبر

وِشواس تُمۍ سُند سوٚرے موٚت یئۍ ... سَنۍ ژبتھ چَنٛدِ بَر سۆہَم سۆ



## 14- دارِ ہور موکلِتھ گرِ چھے تژ اوُن

دارِ ہور موکلِتھ گرِ چھے تژ اوُن ... اَدِ چھے چھاوُن پوٚ زگلزار

کھبنہٕ کھبنہٕ شڑی ہری دھیانس تھاوُن ... اَدِ چھے چھاوُن پوٚ زگلزار

دارِ بَر ترٛ وٚ پرتھ ست چھے وبڑ اُرن ... گُن اوم بَس کراتھ پوٚ زاہ

اوٚم، اوٚم، اوٚم زیان اوم پان بناوُن ... اَدِ چھے چھاوُن پوٚ زگلزار

ستہٕ سُمہٕ سُدرس تار چھے بناوُن ... سَتہٕ وَے سُمہٕ چھُس گُن اوٚ مکار

سونہٕ تھَم تتھ گرِتھ سوٚہم پڑ اوُن ... اَدِ چھے چھاوُن پوٚ زگلزار

رَنگہٕ رَنگہٕ روٗپن دھیان چھے تھاوُن ... کیاہ خبر کمہٕ روٗپہٕ ہاوِ درشُن

ستہٕ رَنگہٕ رَنگہٕ وِتھ پان چھے تھاوُن ... اَدِ چھے چھاوُن پوٚ زگلزار

مَنہٕ ناگراد گنگ ... ورِتھ گرھی پاہے بی ... سُکھ

ماجہِ رأ گنیا یے قنٛد چھے باوٗن    اَدِ چھے چھاوُن پوٚز گُلزار
رُت تےَ گُرٛت تم چھی پَر کھاوَن    پڑاوَن تھاوَن سم دزٛشٹی
کاٗنسہِ ہُنٛد دامانہٕ چھُنہٕ مَنٛدِ چھاوُن    اَدِ چھے چھاوُن پوٚز گُلزار
یارٕ سُنٛد انہار چھے پزٕ زٕ ناوُن    ساسہٕ ہرکیہِ پزلان چھُس شہُل تیز
تَتھ تیزس چھے سرنوٚمہٕ راوُن    اَدِ چھے چھاوُن پوٚز گُلزار
اَتھ یُنٛدرَس چھے یوٗنہٕ پَن کھارُن    ادِ چھُس زالُن چھاوُن تیل
راہہِ راس یوٚت پکی رُت کتہٕ ناوُن    اَدِ چھے چھاوُن پوٚز گُلزار
کتہٕ وِنہِ پَنہٕ دارِ گُن نظر تھاوِنی    یِنہٕ پَن ژھینٛہِ پینٛہِ بینٛہِ شیرُن
نٕوسرٕ کتنَس نوٚ و دھیان تھاوُن    اَدِ چھے چھاوُن پوٚز گُلزار
دٕوٗنتھ کیٚلی پھمب ہوش چھے تھاوُن    نارٕ زِتنہِ یِنہٕ گژھہِ سارٕ ہے سوٗر
بُکھتی گیانہٕ، دھیانہٕ کُتٕر کُتٕر تزٛاوُن    اَدِ چھے چھاوُن پوٚز گُلزار
کاہہ نوٚ ویٚتر چھے وِشواسہٕ چوٗنے    لچھِ نوٚ و مَنہِ چانہِ منٛز وِراجمان
گچھِ کُٹھِ تہنٛدِ ستی چھے پزلاوُن    اَدِ چھے چھاوُن پوٚز گُلزار



# 15- ٹِکہِ ٹکۍ ٹکۍ چھُے پان تھٔکہٕ راوُن

ٹِکہِ ٹکۍ ٹکۍ چھُے پان تھٔکہٕ راوُن      وَتہِ بَنہِ اتھٕ واس لوتہِ پکھ
گوڑٕ دِکھ مَنہِ واسنایَن بڑکھ      وَتہِ بَنہِ اتھٕ واس لوتہِ پکھ
تَتھ وَتہِ ژھارُن مَنہٕ چےٚ دارے      ہارے ہارے کرسٔنی ژبتھ
اَکہِ وِزِ نارَس پان چون کھارُن      وَتہِ بَنہِ اتھٕ واس لوتہِ پکھ
تَتہِ پیِیہِ نہٕ کانٛہہ بڑونٛٹھ دِیُن جواب پانَس      وانَس پیٹھ آسہِ ہبتھ ہٕی سُے
کیٛاہ پیٛاہ کوٚت کال تَتہِ پیٚیی پڑارُن      وَتہِ بَنہِ اتھٕ واس لوتہِ پکھ
اکھ کھمن ژھبن چھُنہٕ کرٕمچہِ ناوے      تارَن وول سُے کُنےٚ اومکار
اومکارٕ سوٚرٕ پے پان پڑٕ ناوُن      وَتہِ بَنہِ اتھٕ واس لوتہِ پکھ
کرٕمچہِ ناوے کانٛسہِ کینٛہہ نہٕ راوے      تولَنس کھبنہٕ کھبنہٕ پانَے سُے
تَس ڈنٛڈۍ دارس پان پُشراوُن      وَتہِ بَنہِ اتھٕ واس لوتہِ پکھ
تَس مَنٛگ بکھتی تَس مَنٛگ گیٛان      دارنایہِ تٔمۍ ہٕنزِ دارُس دھیٛان
سَتہٕ چےٚ سُمرنہِ سَت سوے وبڑارُن      وَتہِ بَنہِ اتھٕ واس لوتہِ پکھ
سَت سُے پانَے شانٛت سُے پانَے      سُے یوٚگین ہُنٛد چھُے وِشواسؔ
مَنٛز مَنہِ چھےٚ گُپت گارُن تہٕ ژھارُن      وَتہِ بَنہِ اتھٕ واس لوتہِ پکھ



# 16- پارس بناوان شیٖشٕرس سون

کھبنہٕ کھبنہٕ دھیٚان داربَس اوٚ مکارَس پارَس بناوان شیٖشٕرس سون
گُلزار چھُ پھولان دَزٕ وٕنس نارَس پارس بناوان شیٖشٕرس سون
شیٖشٕرٕ کأرِتھ شیٖشٕرے روزان سون کأرِتھ چھُنہٕ بنان سَرتل
سرتلہٕ مول چھُنہٕ نِشہٕ سرکارس پارس بناوان شیٖشٕرس سون
نارٕ کارُونہٕ ماچھے دأنی سرتل بَرتل پڑارُس زاگ ہیتھ ژٕے
جَل گژھ تھچھ دِس اَزلہٕ کَس یارَس پارَس بناوان شیٖشٕرس سون
دونہٕ مَنز بونہِ کُل رُو ویرٕوارَس بڈٕ بوٚڈ گژھی دِیِی سایہِ شیٖہجار
کرِ کیٚاہ سہٕلابہٕ دَکہٕ رٕنہٕ آرَس پارَس بناوان شیٖشٕرس سون
دوٚنی زألِتھ اِدٕ موکھ بونہٕ روزس سوز روز وایان، بوز پأنس
تارِ ہُند سوز چھے ٹوٹھ تاجدارَس پارَس بناوان شیٖشٕرس سون
جامہٕ رَنگ پَنہٕ نُے اوٚ مکے رَنگےٚ سُے رَنگ ٹوٹھ چھے سوٗرٕ مُتی ہے
اِدٕ بَنی ژٕے تہِ جاے تتہِ شِوٕدارَس پارَس بناوان شیٖشٕرس سون
دارِ بَرتژوٚ پرٕک یارٕ ہنزٕ مایے جاے چھے تمی ہنز منز جگرس
تَس کرمَنہِ پوٚزَسن اوٚمہٕ سارَس پارَس بناوان شیٖشٕرس سون
وِشواسہٕ سان بوز اوم چھے سورٕے تورٕ گے آلو وٕزٕ ناوان
لول بَر اوٚمیے اَژھ اوٚمہٕ دارَس پارَس بناوان شیٖشٕرس سون

☆

# 17- بہٕ ژھارَن کتہِ بالہٕ بالےٚ یار

بہٕ ژھارَن کتہِ بالہٕ بالےٚ یار دِیَم دیٖدار مَنَس اَنٛدر
سُہ چھُے میوٗن گُل بہٕ بیکس خار
دِیَم دیٖدار مَنَس اَنٛدر

ژٕندرشۆبان ڈیکے چھُم تَس سُہ چھُم مَس پانہٕ مَس چاوہم
ہَژر زدٕہے پھولنم گُلزار
دِیَم دیٖدار مَنَس اَنٛدر

کنَن چھِس والی ژٕندٕنکی نالی چھُ پھیران آسہٕ وُن بالی بالی
وَسان جٕٹہِ منٛز چھِس گنگہٕ دار
دِیَم دیٖدار مَنَس اَنٛدر

ہٕٹس چھُس شامہٕ رَنگ شۆبہٕ دار وَنان چھِس نیلہٕ کنٹھ مُکٹہٕ دار
سَدا اِشو میوٗن چھُے غمخار
دِیَم دیٖدار مَنَس اَنٛدر

تَسنٛز شکھتی یَژھان بُکھتی دِوان کلہٕ کالہٕ کمِن موکتی
چھےٚ والان پاپہٕ شاپکی بار
دِیَم دیٖدار مَنَس اَنٛدر

اَتھے ہتھ امربتک گُلشاہ چھِ وایان ڈابراہ یکجا
وَنان اُمی ہے چھِ تڑے نیٖتھر دار

دِیَم دیدار مَنَس اَندر

ژوٗ تُر بوٗ زرِ پہٕ سُے وِشنو　　چھُ ہتھ گُدا شنکھ پدم یکسو

سوٗ درشن ژُ کرِ ہتھ شوٗبہِ دار

دِیَم دیدار مَنَس اَندر

بَہم مُلتھے چھُ میون جوٗ گیاہ　　دِیَم آ گیا وَنم سنموکھ

زَبان روزِ ہے چھُسے اوٗ مکار

دِیَم دیدار مَنَس اَندر

عرض میون جان جانَس　　لگس پادَن مےٚ تے دِیہ حبس

وَنم بھوٗسرِ دِمےٚ پانہٕ تار

دِیَم دیدار مَنَس اَندر

لگے میانہِ آغہٕ وَندَ ے سورُے　　یہ کینہہ چھُم چھُم اَمانت چونُے

یتم سنموکھ مےٚ بارمبار

دِیَم دیدار مَنَس اَندر

بہٕ چھُس کلہٕ کالِنے وۄلُمت　　أندری ہَن ہَن بہ چھُس گوٗلُمت

کرُم پَنُنے مےٚ ساکھیات کار

دِیَم دیدار مَنَس اَندر

چھُ وِشواس یارِ ہے پزاران　　أچھو کٕنی لولہٕ اوٗش ہاران

زَگت زَننی وُسیلہٕ دَرکار

دِیَم دیدار مَنَس اَندر



# 18- پانٛس رٕٹِتھ فقیری

پانٛس رٕٹِتھ فقیری
بٔکھتِن دِوان أمیری

أمی ہٕنٛز یہِ دستگیری
چھےٚ بے مثال وێسی یے

پرٕتَس چھےٚ ٹاٹھ بٔکھتی
یَس آسہِ تَس نہٕ سختی

ساس ہری یہِ گاش شُہُل تَس
سُہ با کمال وێسی یے

نُنٛدٕ بون چھُ سۄرمٔلی تھے
مرٕگہٕ چھال سُہ تنہِ چھُ ڈٔلی تھے

موٗنہِ پھۄلی وَتَن سجاوِتھ
بٔکھتِن چھِ لال وێسی یٔے

نۄرَن ہُنٛدُ ے چھُ انٛبار
تٲبِن تِمَس چھِ بسیار

ہتہِ تَس چھِ نٲلی شُہمار
ییٚہِ رونٛڈٕ مال وێسی یے

ژٕنٛدرَمہٕ ڈیکے چھُس شۄبان
گنٛگا جی جٹہِ چھُس لۄبان

شکھتی شِوس چھےٚ پرٕمان
تٲبِن کال وێسی یٔے

لچھِ نووَمَس چھُ پانٛس
بَس لیٚن شرٕ رامَس

مَنہٕ پۄز کران چھُ بَس تَس
زَپہٕ تَپ تہٕ مٲل وێسی یٔے

ترٕیلۄکی ناتھٕ پانٛس
نظراہ تھٲوِتھ جہانٛس

کٲلاس پربتَس پیٹھ
تتہٕ شینہٕ بال وێسی یٔے

وِشواسہٕ سُے چھُ شرٕ رام
بیۄن کانٛہہ نہٕ گن چھُ بھگوان

شرٕ رام تہٕ تَس چھُ پۄزان
اوم با جلال وێسی یٔے

# 19- اکھ ہوٗس اوسے ژٕے سپری

اکھ ہوٗس اوسے ژٕے سپری چھے أسپری تی ژٕ وَن
پَرمہٕ شِوٕ ہنز دستگیری چھے أسپری تی ژٕ وَن
ٹاٹھ شاہَس چھے فقیری خرکہٕ پوشن سے تھٕزر
خرکہٕ پوشن تَس بٕسپری چھے أسپری تی ژٕ وَن
جان جاناں چھے کوہَن پیٹھ لول چھس کھنڈرات بَران
پوشہٕ چمنن سوکھ سٕہ جأری چھے أسپری تی ژٕ وَن
جوٗگی سٔنیاسی یوٗگہٕ ستی بوٗگ بوٗگان چھی نہٕ سٕہ
رازٕ ہونز دَس بَستہٕ سأری چھے أسپری تی ژٕ وَن
لولہٕ ڈٕلس پمپوش پھوٚلی ہتٕر پوٗز لاگس دِلبرس
ناگہٕ رادَن پھیری پھیری چھے أسپری تی ژٕ وَن
رادھایہٕ نِشہٕ چھنہٕ جُدا شام ستایہٕ نشے سے چھٕ رام
شکھتی شِوس اوٗم چھہِ سأری چھے أسپری تی ژٕ وَن
بَن ژٕندن گُل ہتھ مُشک انبار رأچھ کرنے گلمار شہمار
اِدٕ ژٕے ژٕہٕ نَس کانٕہہ ماپوری چھے أسپری تی ژٕ وَن
جانہٕ ہے وَنِدٕ جان پَنُوٕنے جان کر جانانہٕ بَن
جان جانان کری ژٕینے یأری چھے أسپری تی ژٕ وَن

گھ کران پوٗشپہٕ رشمہٕ ہَس / ہول تُمٕ سُند لول چھُس

ژُن شمع شولان ژوپاٗری / چھےٚ اَسپر ی تی ژٕ وَن

ہنہٕ گرٛشہٕنکۍ دوہ گرٛشھن پوٗر / پیٚیہٕ نہٕ کوٚہَن بیٚیہٕ کھسُن

یارٕ ہنٛدِ ستی بَنہٕ سو یاٗری / چھےٚ اَسپر ی تی ژٕ وَن

یارٕ ہنٛزٕ ے شیٚچھ مےٚ آیَم / ہاوہم دَرشُن پانہٕ سُے

نیرِ کر شہبازٕ سواٗری / چھےٚ اَسپر ی تی ژٕ وَن

تھووُنَم تُمیٚ ایتبار / وِشواس تھوٚونم ناو میٚے

سُے واکھ تُمٕ سُند روزہم جاٗری

چھےٚ اَسپر ی تی ژٕ وَن



## 20- اوٗم شَم ہمسوٗ سوٗ ہَم

اوٗم شَم ہمسوٗ سوٗ ہَم / سمسار زانتو باٗزی گار بزٕم

رَزٕ رَزِ کھسی تھےٚ پژاو منٛزل / گوڑٕ کر یکہٕ وٹہٕ پران تے دِل

چھاو تھاو باٗنس وارٕ دِتہٕ دَم / سمسار زانتو باٗزی گار بزٕم

واوس منٛز بٔژھ ٹھٔہراو ناو / وارٕ وُچھ ڈوٗرِ جَن پوٗنۍ ما ژاو

رَیہٕ روٗدِ نِشہِ بچراوژم / سمسار زانتو باٗزی گار بزٕم

زیٛادٕ جنجالچ موکر کل / سوٚہا چھُ ہتھکۍ

زَلُر ینہٕ زالَس بَند گڑھ ہم — سمسار زانتو بأزی گار بزم
وانس پٹھ بیٚہہ وانیت کر — دزدگہٕ باہٕ ہکنہٕ پچ کل مودرے
شرٕوگ ہکن ژوٗر زیَن پَران سۄہم — سمسار زانتو بأزی گار بزم
رَٹھ تی یَتھ زَن پانہٕ واتکھ — گوبہٕ بارٕ ستھن زیادٕ تھلکھ
مَنٛز وَتہٕ یَتھ کُنی گرٛھکھ بَرہم — سمسار زانتو بأزی گار بزم
کم کم بلہٕ ویٚر آمتی یور — یأرتھ کرمہٕ بور دزاہمتی تور
کینٛہہ دزاے اَڈوتی کس پوٚژ یَم — سمسار زانتو بأزی گار بزم
سَر کرخم نہٕ زِگوٗرٕ ور — یوٗگی پٔنٛنے شِوشنکر
چھُ سہت شکھتی تُمی ہے نَم — سمسار زانتو بأزی گار بزم
بَن سأ ساقی چاو جامِ جم — مٕےٚ تہِ چاوٕژ تہِ چےٚ زپان سۄہم

وِشواسہٕ سار اوٗم چھے صبح دَم
سمسار زانتو بأزی گار بزم



# 21- پمپوشہِ پادَن ڈنڈ وَت پرٛنام

ڈنڈ وَت پرٛنام پمپوش پادَن
شیٖش میٖون ماجہِ رأ گنیایہِ اَرپَن

ویا یگ ہَنہٕ ہَنہٕ مأج بھوأنی پانے
دٔہن دِشاین ژٕون طرفن

تُلہٕ مُلہٕ رأ گنیا، پَربتہٕ شاریکا
زٕ ٹھی یاٲر سوے رُشتا ماتا

بہٕ فورٹہٕ کالیکا رأچھ کران بکھتن
شیٖش میٖون ماجہِ رأ گنیایہِ اَرپَن

ترٕ کوٗٹا پَروتس تتھ دربارس
ماتا رانی تتی سنموکھ

ہتھ کالیکاتہٕ لکھمی جی ہندٕ بن ستھانن
شیٖش میٖون ماجہِ رأ گنیایہِ اَرپَن

اوما نگری اوما بھوأنی
تَس ماجہِ میٲنے جے جے کار

أکن گامہِ سوے شِوامَنہٕ مَندرٕ پوزن
شیٖش میٖون ماجہِ رأ گنیایہِ اَرپَن

مَنز گامہِ جنگلس منز ہِتھ رأ گنیا
شیٖہچار بکھتن کیٛت ژٕندن گُل

وَنہٕ ہے وِگنے تَس وَنہٕ ناوَن
شیٖش میٖون ماجہِ رأ گنیایہِ اَرپَن

شیلا بھگوتی وٕرمُلہٕ ناگس
مَنہٕ کنٕز زاگ ہتھ تَس روٗزِتھ

لولہٕ ہتی وِزِ وِزِ دود قَند باوَن
شیٖش میٖون ماجہِ رأ گنیایہِ اَرپَن

ترٕ وپرا سوندری دِپوہرٕ جنگلس
کھبنہٕ کھبنہٕ اَسہِ کران منگل سوے

سَتھ چھم تمٕی ہنزٕ ننتھ بہٕ تہٕ پوٗزن
شیٖش میٖون ماجہِ رأ گنیایہِ اَرپَن

کھرٕ وٕ ناگس بالس پیٹھ زالاجی
تتہِ دِپہٕ مالا سوندر شوٗبہٕ دار

آرتی تَس کرانٕ اَتن دیب زالن
شیٖش میٖون ماجہِ رأ گنیایہِ اَرپَن

بَرگہٕ شا کھایے کھبنہٕ کھبنہٕ نمسکار — تمٕ ہنٛزٕ سرکار چھِے مٹن ناگ
مارتنڈ تیٖرِ تھس مَنہٕ پوٗزا کران — شیٖش میٖون ماجہِ راٗ گنیایہِ اَرپَن
گنگا جی، جمنا جی، سرسوتی جی زَن — پویتر ئدین ہُند سنگم
نَرمدا وِتستا پاپ ہَران بکھتَن — شیٖش میٖون ماجہِ راٗ گنیایہِ اَرپَن
مَنسا دیوی مَنہٕ کنٕ پوٗزن — ہَنہٕ وَنہٕ دھنہٕ دیار سوے سوزن
چندی گرٛہِ چنڈِیکا رچھان تل پادَن — شیٖش میٖون ماجہِ راٗ گنیایہِ اَرپَن
وِشواس یُس تھاوِ تَسی ستہٕ شکھتی — تمٕ ہے مَنہٕ مَنز گنہِ بکھتی

ساسہٕ ناوٕ ساسہٕ رٕپہٕ ہاوان درشَن
شیٖش میٖون ماجہِ راٗ گنیایہِ اَرپَن



## 22- پادَن لگہٕ یو ہاو دَرشَن

پادَن لگہٕ یو ہاو دَرشَن چھم چاٗنی لادَن
ہا آشہِ توشو جان وَنذِ یو کن تھَو مے نادَن
آش چھم چاٗنی سیٖرٕ باجو ڈل مو وادن
ہا آشہِ توشو جان وَنذِ یو کن تھَو مے نادَن
بَسماہ مُلِتھ، وُلِتھ مرگہٕ چھال آسَن دآری
دوٗنیاہ ... دآری

وأ لی چھی کنہٕ ہٕنے جٕتہِ گنٛگا آنَنٛد زَن سادَن
ہا آشہِ توشو جان وَنڈٕیو کن تھَو مےٚ نادَن

کیلاش وأسی پٔشمہٕ چانے چھے مَس کھأسی
ڈیکہِ پھے ژٔندرَم، گاہ ترٛاوان کاسَن وودأسی
ہَٹہِ چھے ژےٚ واسُک لرزٕ تیٚمی سُنٛد برٛہن شدادَن
ہا آشہِ توشو جان وَنڈٕیو کن تھَو مےٚ نادَن

جاے چھِ رٔڈٕمڑ شُمشانن شِنٛیاہ شیَن
سنٛگی سأتھی چھی بھوٗت پرٛتھ تےَ بیٚیہٕ رۄدرگن
مُستی چانٕے. پانہٕ سہٕستی وِشنوٗ چھُ پوٗزَن
ہا آشہِ توشو جان وَنڈٕیو کن تھَو مےٚ نادَن

تیٚز چھون تابان ساسہٕ بھاسکر پرٛزلان ژوٚپأری
ترٛن بوٗنن منٛز چھون مہما چھُ کالہٕ سمہأری
رَچھِوُن ژٕ زگتن ژیےٚ چھی وَنان ناو مَدٕ سِدن
ہا آشہِ توشو جان وَنڈٕیو کن تھَو مےٚ نادَن

ناوچأنی چھِ لچھِ بُدی ترٛےٚ گون چھِ چأنی ترٛبونے
ستکہِ سوباوَے ژُھتم مےٚ ژٕ نرِن زَنے
ہاوتَم درشن ستہِ ہتھ شکھتی، پرٛان میأنی چھی اَرپن
ہا آشہِ توشو جان وَنڈٕیو کن تھَو مےٚ نادَن

پاپَن تہٕ شاپن شِہ ناتھو کرٕوُن ژٕ سمہار
یَیمہٕ سمسارے شِہ جیو بخشُم مےٚ شیٚہجار
لےَ کر مےٚ پانٔس ستی اٚڈر واتُم مےٚ دادن
ہا آشہِ توشو جان وَنڈٕیو کن تھَو مےٚ نادَن

پھُلیا چھےٚ اُجمٕژ پوشہِ باغن بَر جستےَ گلزار شولان
مُستی اندر چھےٚ مَس گژٕی تھے وِشواسِ بولن
پھولہٕ وٕنہِ موکھ چھکھ میٚانہٕ بھگوانہٕ ٹوٹھان بکھتمن
ہا آشہِ توشو جان وَنڈٕیو کن تھَو مےٚ نادَن



## 23- یٔوری جَ نُنڈٕ بانے

یٔورےَ جَ نُنڈٕ بانے ساسہٕ موکھ شیٖشہٕ ناگہٕ میٚانے
اٗسی ہا آے یور مارے چانے
ساسہٕ موکھ شیٖشہٕ ناگہٕ میٚانے
زَلہٕ ہے مَنز چھُ چون آسَن نیلہٕ ناگہٕ سنموکھ ژٕ باسن
بےَ گرٕ ھان دوٗر ناو چانے
ساسہٕ موکھ شیٖشہٕ ناگہٕ میٚانے

تژاوِیُس نظراہ ژٕے ہیٚرِ بون    سُے کران شِوٕ ہنٛز سُمرن

دھیانہٕ مُدراسُے زانے

ساسہٕ موکھ شیٖشہٕ ناگہٕ میٲنے

شِو پانہٕ ہیتھ پٔنٛنۍ شکھتی    چھے اَمر چاٲنۍ بُکھتی

مہما چون چھُ بامعنے

ساسہٕ موکھ شیٖشہٕ ناگہٕ میٲنے

سأتھی ژٕے شوٗبہِ دار پَرَوَت    اُسی تہٕ روزٕ نےٚ پَتہٕ وَتھ

شانت شیٖتل سو باوٕ چانے

ساسہٕ موکھ شیٖشہٕ ناگہٕ میٲنے

وِشواسہٕ سان یُس ژٕے نِش آو    شرٛاناہ گُری تھے سُے دژاو

اَدِ کران نمن گو پھایے

ساسہٕ موکھ شیٖشہٕ ناگہٕ میٲنے



# 24- شِو ناتھ یہِ سأ سون

شِو ناتھ یہِ سأ سون مِیأنی چھے دِژے
روزتم مے ساتہٕ ساتہٕ سنموکھ ژے
چأنی سُمرن چھم مے بڑٕ بُڑ دُے
روزتم مے ساتہٕ ساتہٕ سنموکھ ژے

پارٕوتی ہٕنٛدِ ناتھ ہَر ہَر شنکر
ہَر تھو منظوٗر زارٕ پارٕ مئیون
دَرشن ہاوتم تہٕ کاستم دِے
روزتم مے ساتہٕ ساتہٕ سنموکھ ژے

ڈیکہِ چھے ژندرمہ ہٕٹہٕ چھے واسُک
چھکھ سَروِیا پک وُلتھ مزٕگہ چھال
سبد کران سادھنا بھکتن ہٕنٛزٕ ے
روزتم مے ساتہٕ ساتہٕ سنموکھ ژے

ٹاٹھِ گوسانے مَنز مَنہِ مِیأنے
مِیأنے گچھ کُٹھِ کرتہٕ سأ واس
داس چھس پزاران ونتی کران بےٕ
روزتم مے ساتہٕ ساتہٕ سنموکھ ژے

ڈمرٕ وایان ژٕے ترٛشوٗلہِ داُری
خاُری کاسُم ہرُم دوکھ تہٕ وپاٗز
چھُس پتھر پیوٗمُت ٹُلکھنا مےٚ تھوٚڑٕے
روزتم مےٚ ساتہٕ ساتہٕ سنموکھ ژٕے

ترٛیلوٗکی ناتھہِ چانہِ وِشواسے
آسےَ ژٕیےٚ شرن پُشر مےَ ژٕےٚ پان
پَرمہٕ شانٛتی دِزبم یوٗگہِ ابھیاسے
روزتم مےٚ ساتہٕ ساتہٕ سنموکھ ژٕے



## 25- دادَن واتُم واڈِ مےَ مُشراو

دادَن واتُم واڈِ مےَ مُشراو مأج بھوأنی دَرشُن مےٚ ہاو
کر دیا درٛشٹی کرمہٕ کھر اُنزراو
مأج بھوأنی دَرشُن مےٚ ہاو
موہہ زالس منٛز بنٛد چھُس گومُت قنٛدمیوٗن ویٚگلیوٗمُت
باوٕے باونایہِ پٔنہٕ کرٕہَم گزٛاو
مأج بھوأنی دَرشُن مےٚ ہاو

سوکھہٕ کٕبن خزانن ٹھانہٕ ژٕرے ہمٕ راو     مےٚ تہٕ سوز سو کھہٕ بَنڈار
ژھوکھ چھُم لوٚ گمُت بُلہٕ راو آمہٕ تاز
مأج بھوأنی دَرشُن مےٚ ہاو

گرٕ ٹہٕ چے کنہٕ میأنہٕ ژھل کرڈیوٚل ژٕرے     یکہٕ وٹہٕ پٕش میأنی شوٗ کہٕ ٹھیلے
دوکھ دأدی میأنی مأج پانہٕ بُلہٕ راو
مأج بھوأنی دَرشُن مےٚ ہاو

پھیران پانہٕ چھکھ سارنے جہانن     واہَن ژےٚ شیرِ بَبراہ
سانہِ تھاو سبد پٹھ کرتہٕ مأج ٹھہراو
مأج بھوأنی دَرشُن مےٚ ہاو

پمپوشہِ پادَن تل رَچھم پانئے     رونہِ دامانئے تھَو مےٚ سائبان
وِشواسہٕ کرَے پوٗزا کھ رژھاہ کن تھاو
مأج بھوأنی دَرشُن مےٚ ہاو



# 26- مےٚ چھےٚ چأنی سَتھ رٕژ ہاوُم وَتھ

مےٚ چھےٚ چأنی سَتھ رٕژ ہاوُم وَتھ
مےٚ چھُ کھبنہٕ کھبنہٕ شِوٕ ناتھٕ چون حاجتھ
شکھتی ہیتھ ییہٕ سأ سون کرُم مُروَتھ
مےٚ چھےٚ چأنی سَتھ رٕژ ہاوُم وَتھ

شِوٕ ناتھٕ میٔانہٕ بھولے بھنڈاری
ہاوُم سنموکھ دَرشُن ترِشوٗل دأری
جٕٹہٕ گنگا گنگا ماتا ہیتھ
مےٚ چھےٚ چأنی سَتھ رٕژ ہاوُم وَتھ

کاٗلاسہٕ پٹھ وولہٕ سون کر پرٕستھان
چون دَرشُن مےٚ تھَدِ تھوٚد یزتھ تہٕ مان
چٕشمہٕ چانہٕ چھُم مَس کھاسی چھُکھ مَس چٕیتھ
مےٚ چھےٚ چأنی سَتھ رٕژ ہاوُم وَتھ

وأنسہٕ راوہم مےٚ بَس زَنم دأری دأری
اِشٹہٕ میٔانے وال سأ مےٚ پاپہٕ بأری
پوٚنیہ کرٕہے مےٚ بڈراو تھاوُم سَنز ژیتھ
مےٚ چھےٚ چأنی سَتھ رٕژ ہاوُم وَتھ

چھُکھ ژٕ وِیا پک ہَنہِ ہَنہِ مَنہِ وُچھتھ
پَرمہٕ شِوٕ رپہٕ ژواپاری چھُکھ وِیاپتھ
پرٛاہ کوٗت کال پرٛارتَس چھُم نہٕ ہکتھ
مےٚ چھےٚ چاےٚنی سَتھ رٕژ ہاوُم وَتھ

شیٖنہٕ پَروَت، کو ہسار چاٲنی شالمار
شِنیاشَیہٕ، شُمشان چاٲنی شٕہجار
ناگہٕ راجہِ چھےٚ ناٲلی ژیےٚ رونٛڈٕ مالہٕ ہتھ
مےٚ چھےٚ چاٲنی سَتھ رٕژ ہاوُم وَتھ

شکھتی ہٕندِ ناتھٕ میانہِ شِوٕ ناتھو
بھیَرو ناتھٕ سَدا سہاٰیتَس روز تو
وَنکی شورٕ ژٕے چھُکھ وَتک ناتھ ہتھ
مےٚ چھےٚ چاٲنی سَتھ رٕژ ہاوُم وَتھ

جیوٕترٕ لِنگ ژٕے ہَساَ راٗمیشور
ژٕے وِشواس مِیونےٚ پَرمیشور
باو مےٚ دَرشُن سنموکھ یِم اوما ہتھ
مےٚ چھےٚ چاٲنی سَتھ رٕژ ہاوُم وَتھ



# 27- مےٚ اوٚن مےَ اُلہٕ بیٚیہٕ نابَد ژےٚ ڈاُلی

مےٚ اوٚن مےَ اُلہٕ بیٚیہٕ نابَد ژےٚ ڈاُلی
بہٕ آمُت ڈیڑِ تل چانے سَواُلی
ہیٚمےَ وَر اَز بہٕ زانِھہ نیرَ ے نہٕ خاُلی
بہٕ آمُت ڈیڑِ تل چانے سَواُلی

خبر چھم چھے ووما ستھن ژےٚ وُنی کیٚن
مُسُٹ چھُے مَن توَ ے نادَن تھوٗم کن
ڈیکے ژٔندرم ہٹے واسُک ژےٚ ناُلی
بہٕ آمُت ڈیڑِ تل چانے سَواُلی

وُلِتھ مژگہٕ چھال مہیٚشر چھُکھ ژٕ آسن
مُلِتھ بَسماہ، جٹا داُری ژٕ آسَن
پَرمہٕ شِوٕ ساسہٕ باسکر گاش ژٕ خاُلی
بہٕ آمُت ڈیڑِ تل چانے سَواُلی

وَسان گنگا جی ژےٚ جٹہٕ مَنز دارِ دارے
چھِ پژاران دَرشَنَس دیٖوٕ وارِ وارے
ترِشوٗل داُری کَعَن چھِی کنہٕ واُلی
بہٕ آمُت ڈیڑِ تل چانے سَواُلی

ژٕے سِوأے ہٕتھ چھےَ ہمالہٕ ہشٕز کوٗر
یہےَ چھَم میأنٕ مأج کوٕ چھُکھ ہوان دوٗر
ژٕے سوٕایہِ ناگ، ناگہٕ راجہِ نألی
بہٕ آمُت ڈیڈِ تل چانے سَوألی

شِوو ہَر راتری ہُنٛد از چھُ شوب دِہن
مَنٛگان یُس یِی دِوان تَس چھُکھ ژٕ وُنٕ کہن
کرُم سوٚدی وأنٕ ہشٕز ہٕش بأش مےٚ خألی
بہٕ آمُت ڈیڈِ تل چانے سَوألی

ژٕ چھُکھ وِشواسٓ زَگتن چھِی گیوٕان گون
دَیان سَرتلہِ بناوِان شِوناتھ چھےُ سون
مےٚ دِم شأنٛتی ہُری ہَرٕ پنٕنٕ ڈألی
بہٕ آمُت ڈیڈِ تل چانے سَوألی



## شلوک:

نَنٛدے چِتٕر بھُجو رَکیا
چِتٕر وَکتا تزِلوچنَم
ہیٕز گربھَم مَنٛڈ شیلم
ژٕنت یت ویگنہٕ ناشنم



شرٛی پاروتی پرٛیم پُترم
پَرمیشور سیوکم
بھکت رکھشات کرم چیو
تَم وَنٛدے نَنٛد کیشور



# 28- نَنٛدٕ کیشور ناوشۆبہِ دار چوٗنےٚ

نَنٛدٕ کیشور ناوشۆبہِ دار چوٗنےٚ
ڈَنٛڈ وَت پڑ نام چھُے میٔونےٚ ژیےٚ

سِدٕ پیٹھ سُمبل دَربار چوٗنےٚ
ڈَنٛڈ وَت پڑ نام چھُے میٔونےٚ ژیےٚ

بگھتَن ہُنٛد چھُکھ لالہٕ بۆڈ رکھِپال
بالہٕ لیلا ہاوان چھُکھ بے مِثال

وِزِ وِزِ کرِ ہوے پوشہِ وَرشونےٚ
ڈَنٛڈ وَت پڑ نام چھُے میٔونےٚ ژیےٚ

راز سانہِ بگھتَن بوز سأ زأری
پمپوشہِ پادَن لگوے پأری ژے

کُس نا آسہِ تیمٚ نہٕ بجر چون زونےٚ
ڈَنٛڈ وَت پڑ نام چھُے میٔونےٚ ژیےٚ

سَتیا یوگ، داپر یوگ، ترٛیتیا یوگ
کلہِ یوگ ہتھ یِم یوٗگ چھِ چأنی

ژوٗشٕنی یوگن مَنٛز راج چھُے چونےٚ
ڈَنٛڈ وَت پڑ نام چھُے میٔونےٚ ژیےٚ

ویگنہٕ ہَرتا چھُکھ یٖمہِ سمسأری
مٕرژ راوتأری یَلہٕ تھاو دار

برٛشبہٕ رِپہ چھُے شِوٕس واہَن چونےٚ
ڈَنٛڈ وَت پڑ نام چھُے میٔونےٚ ژیےٚ

ماتا شکھتی ہُنٛد چھُکھ سَنتان
شِوٕ ناتھَس ستہٕ چھُے چون دیان

رأچھ بگھتَن کرٕنی چھُ کرتویہِ چونےٚ
ڈَنٛڈ وَت پڑ نام چھُے میٔونےٚ ژیےٚ

زیٹھچ اماوٕسی بیٚیہٕ برٛس وار
نکھیٚتر روہَن سبٹھاہ شۆبہٕ دار

زٕنم دبن مَناوان یوہَے چھُے چونےٚ
ڈَنٛڈ وَت پڑ نام چھُے میٔونےٚ ژیےٚ

کشمیرِ مَنٛڈٕلکی برٛہمن سأری
چھِی سمسأری چأنی سیوٕک

سۆدی وأنی سٕندی ہاٹھی کروویاے سونےٚ
ڈَنٛڈ وَت پڑ نام چھُے میٔونےٚ ژیےٚ

وِشواسہٕ سان چھُستھ نبتھ یاد ژٕ ے کران منہٕ مَندرَس اندر ژٕ ے پوٗزان
سَتھ چھُم بُڈ چاَنٛی داس چھُس چونُے ڈَنڈ وَت پڑ نام چھُے میوٗنُے ژیٖنے



## 29- وَنہٕ وَنہٕ پےٚ چون بڑارِ آنٛگاَنی

وَنہٕ وَنہٕ پےٚ چون بڑارِ آنٛگاَنی
ژٕ ے شَرن چھِی ووما بھوآنی یاَ ے

آشہِ توشہِ ہنٛز چھگے ژٕ ے مہارآنی
ژٕ ے شَرن چھِی ووما بھوآنی یاَ ے

زَلہٕ روٗپِی چھُے ییٚتر چون آسن
سنموکھ چھکھ بِہتھ پدمَس پیٹھ

ژٕ ے شیرِس سوار گاہ تژاوآنی
ژٕ ے شَرن چھِی ووما بھوآنی یاَ ے

وَنہٕ چَن وِگنبن چاَنٛز چھُے ماىِٕے
سوندر وَنَس منٛز چاَنی جاے

سوکھہِ دایگ چھکھ دوکھ ژٕ ے ہَرآنی
ژٕ ے شَرن چھِی ووما بھوآنی یاَ ے

ساسہٕ بُدی ناو چاَنٛز ساسہٕ بُدی رِ پھ
ترٛہتبن کارِنن گُن پڑ زلان جیٚوتی

شِوَس ژٕ ے شکھتی ژٕ ے نارایاَنی
ژٕ ے شَرن چھِی ووما بھوآنی یاَ ے

ڈیکہٕ ٹِکہٕ لاَ گتھ تاج ہیتھ خوٗبان
ڈیکہٕ چون ساس ہِرکیہ گاہ تژ اوان

ساسہٕ بُدی بھاسکر رِپہ پڑ زلاَنی
ژٕ ے شَرن چھِی ووما بھوآنی یاَ ے

تژن بوَنن ہنٛز چھُے حُکمرآنی
کاَرن ترٛیشوَ ے خاص چاَنی چھِی

زالارِپہ چھکھ ژٕ شولہِ مارآنی
ژٕ ے شَرن چھِی ووما بھوآنی یاَ ے

مایہِ ہُش جاے اکھ منٛز گوم چاَنی
سادَن سَتن چھےٚ چاَنی پَژھ

پَربتہٕ ٹُلہٕ مُلہِ سنٛدوکھ پِرآنی
ژٕ ے شَرن چھِی ووما بھوآنی یاَ ے

بڑ ہما، وِشنو ہبتھ سوٗر موٗت یاۓ    ستی مایے چاٰنیٚ پوٗزاہ کران
کالیکا رٕپہٕ چھکھ دِت گالاٰنی    ژٕ ے شَرن چھِی ووما بھواٰنی یاۓ
پڑنگ ژیٚنے رِکیُت چھُے لولہٕ ہڑدٕ ے میوٗنُے روٗنہٕ داماٰنس تل دِتم جاے
موٗکھیٚہٕ دایگ چھکھ موٗکھی بخشاٰنی    ژٕ ے شَرن چھِی ووما بھواٰنی یاۓ
گاری یُس ژٕ ے ماٰج لولہٕ تہٕ مایے    چھکھ کران تَس پٔژَن سایے ماٰج
مےٚ تہٕ ناے کانٛہہ غم راٰچھ چھم چاٰنی    ژٕ ے شَرن چھِی ووما بھواٰنی یاۓ
شُری سُند زارٕ پارٕ ماٰج چھےٚ بوزاٰنی    غلطی شُربن ہنٛز ماٰج چھےٚ بخشان
رُت رُت شُربن رِکیُت ماٰج کانٛچھاٰنی    ژٕ ے شَرن چھِی ووما بھواٰنی یاۓ
ہی بھواٰنی بوزتم روزتم میٚہر بان    وِشواسہٕ چھُسے منگان بٔھکتی دان
کھبنہٕ کھبنہٕ روزٕ ناو چون سُمراٰنی    ژٕ ے شَرن چھِی ووما بھواٰنی یاۓ



# 30- شِوٕ سنٛزِ مایہٕ پکھ ییمہٕ کایایے

شِوٕ سنٛزِ مایہٕ پکھ ییمہٕ کایایے    یاوَن رایے منٛز مَنہٕ زان
وَنہٕ کڈ لبوٗن سونہٕ کان یژھایے    یاوَن رایے منٛز مَنہٕ زان
سُمرنہٕ گنٛز راو ناوتٔمی سُند    لچھِ نوو وَنہٕ ییےٚ چھُکھ ییٚمی سُند
لوتہٕ چون گوٗب بور چھُنہٕ پرٕوایے    یاوَن رایے منٛز مَنہٕ زان
نارٕ کونڈ دُہہٕ دُن منٛز جگرس    ژھبتہٕ کرسوٗہم شبدٕ ے بَس

امربتہٕ ناگ وُ زِ نارٕ چے جایے　　یاوَن رایے مَنز مَنہٕ زان
ساسہٕ ناوٕ شکھتی تَس بَس لیپن چھے　　بکھتن سوکاسان دوکھ سنکٹ
کھبنہٕ کھبنہٕ تھاوان سوے اَسہٕ سایے　　یاوَن رایے مَنز مَنہٕ زان
ہَر موکھ ہَرٕ ہَرٕ زان سوے پانۓ　　دھیان دارنایہ تھٕنز پزاو کلیان
دوٗر چھے نہٕ نِشہٕ چھے مَنز کایایے　　یاوَن رایے مَنز مَنہٕ زان
چھےٚ نہٕ جُدا شکھتی نِشہٕ بھگوانس　　آدِ شکھتی شنکر چھس ناو
دارنایہٕ دھیانٕچ کیلاش جایے　　یاوَن رایے مَنز مَنہٕ زان
زارٕ پارٕ میون تَس وٕنی تو سنتو　　سَنہٕ چھم لبہٕ کتھٕ بٕو سرٕ تار
وِشواسہٕ تزٕیہٕ شِوٕ دارنایے　　یاوَن رایے مَنز مَنہٕ زان



## 31- کرمک بار

یور آکھ تورٕ ہتھ کرٕمکی بأری　　سأری سأری موکلاولو ژراو پان
ہا بکھتہٕ ڈُکھِ زان نبتھ پٔنن بھگوان　　سأری سأری موکلاولو ژراو پان
لۓ تھاو سادَن سَنتن وبٔاری　　یأری کرٕوُن چھُ کُن یَز دان
تٔسی لاگہٕ تنہٕ مَنہٕ پوش ژأری ژأری　　سأری سأری موکلاولو ژراو پان
اکہِ زٕ ژِ نبہٕ چے تارکھ مالۓ　　ژھبنہٕ ینہٕ ستی آکھ ینتھ زٔنمس
موکلکھ نکھِ وال پاپہٕ شاپہٕ بأری　　سأری سأری موکلاولو ژراو پان

سوٗر موٗل کِتھٕ سنتوشہٕ بیالے سوٗر چھوُکھ تنہٕ پرٛ دوُکھ نوٗر

کنہٕ کاٗرٕ کاٗرٕ چوکھ پوٗنی پھیاٗرٕ پھیاٗری ساٗری ساٗری موکلاولوٚ ژراو پان

پانٛژن پانڈون منز بنے یہٕ یاٗری راجہٕ یُدھشٹر اوس دَھرمہٕ اوتار

پاٗنٛژھ توت پان ہتھ ژاو ویکونٹھ داٗری ساٗری ساٗری موکلاولوٚ ژراو پان

زیٹھن مرُن، یُن گژھُن پکہٕ وُن دٕری یاو ژھبن لبہٕ سُے یُس پزاوِ شِو دام

اَتہٕ گتہٕ اِدِتس زانہہ چھےٚ نہٕ واٗری ساٗری ساٗری موکلاولوٚ ژراو پان

ویدن ہُنٛد سار، گیتاجی پانے گیتایہٕ ہُنٛد سار چھُ کُن اومکار

سُے بُنتھ آمُت رام، کرٛشن کلنک اوتاٗری ساٗری ساٗری موکلاولوٚ ژراو پان

ہَر کاٗنسہٕ ہنٛدِ دٕسی کنتھٕ گژھِ باوتھ سُے کرِیس تھاوِ دےٚ سنٛزٕ بتھ

سرسوٚتی ماتایہٕ ہنٛز بنبس یاٗری ساٗری ساٗری موکلاولوٚ ژراو پان

وِشواسہٕ سان دار دھیان اومکار چھےٚ وبژھ ناوِتھ ویدن سار

اوم اوم زپان کرٛاوچ کام گاٗری ساٗری ساٗری موکلاولوٚ ژراو پان



# 32- لوَلِس چائِنِس لول بَرَے

لوَلِس چائِنِس لول بَرَے پۆز ہو کرَے پۆزا کرَے
دَرشُن مےٚ دِم گوڈٕ اَدِ مرَے
پۆز ہو کرَے پۆزا کرَے

شِونا تھ گوری شنکرے دوٗر بر تہِ وَن کتہِ چون زرَے
تارِ ہاَم ہاَم مےٚ پانے بۆسرے
پۆز ہو کرَے پۆزا کرَے

شکھتی ہِندِ سَرتاجے جے جے کار زِ گچھہِ ماجے
گنپت، کُمار، نَند کیشورے
پۆز ہو کرَے پۆزا کرَے

جے جے کار ماجہِ میناوٗتی زامژ یَس نِشہِ پانے سَتی
آہَس وَرنہِ تَس ژ اپشرے
پۆز ہو کرَے پۆزا کرَے

جٹہِ چانہِ چھِ گنگا جی بسان امہِ شرٛانہٕ پاپ پاپ ہَران
ڈیکہِ پچھے ژےٚ ژٔندرَمہٕ خوش ترے
پۆز ہو کرَے پۆزا کرَے

گایتری ژےٚ چھے نالہٕ ناگ راج بکھتن دِوان مُکتی ژ داج
ہَر شایہِ ژ دیا پک ہُری ہَرے
پۆز ہو کرَے پۆزا کرَے

اکھنڈ برٛہمانڈ چھُکھ پانہٕ ژٕرے شکھتی تیٚچ چاںٔنی ماںٔج چھےٚ

برٛہما، وِشنو، مہیشر ے

پۄز ہو کرٕ ے پۄزا کرٕ ے

ترٛیلوٗکی ناتھ چھِی ژٕ ے ونان نیلہٕ کنٹھ وِش پان چھُکھ کران

وِشواس چھُم دِکھ مےٚ تار بۄ سرٕ ے

پۄز ہو کرٕ ے پۄزا کرٕ ے



## 33- برٛم زان سمسار

برٛم زان سمسار وَق مہٕ کرٕ ضایے مایے لارُس ژھارُن یار

کرامبارٕ پوشن لاگُس پۄزاے

مایے لارُس ژھارُن یار

مَنہٕ ژکس سٕدرس مو مار گژھایے شمہٕ دَمہٕ زاگ ہتھ روزُس تل

واُراگہٕ وانتہٕ وَس سَرٕ چہٕ جایے

مایے لارُس ژھارُن یار

شوٚمرِتھ مَن رۄزِتھ رِژٕ شایے گٹہِ منٛز اَد وُچھُکھ پرٛزلان نوٗر

مولہٕ روٗس دورلب کرمہٕ باونایے

مایے لارُس ژھارُن یار

یار دوس بأے بَند سأری عیار　　　اَپُزٕ ے سوٗرے چھےٚ کِہچ ماے

پڑٕ زٕ ناو پان پئُن ییٚمہٕ کایایے

مایے لارُس ژھارُن یار

بُٹھی بیرٕ ہموار کرُس یکبار　　　سگ دیٚوٚ بوٚ مکایہٕ گوٚنگلچہٕ تڑ ایے

کنہٕ کاٹھ تڑ اُدِتھ ژٕھن بے وایے

مایے لارُس ژھارُن یار

واپ سوٚرتھ رٹہٕ بیٚوٚل زنگار　　　تھکھ دِتھ وَق ماگرٕ شہِ چون ضایے

گرٕ شمس کتہِ ژالہِ تاپچ کڑایے

مایے لارُس ژھارُن یار

کم کم گُلشن چھہِ سَپدان وُجار　　　ہَرٕ دِنی زَردی پھیر پرٕ تھ شایے

رٕ ژِ میڑٕ بیٚوٚل وَولون پھل بیٚوٚ ایے

مایے لارُس ژھارُن یار

وِزِ وِزِ کرٕ ہأس اَدٕ آہار　　　پھل تھاوٕ ژھرِتھ دَل دِتھ مایے

فاقہٕ پھر واتکھ نہٕ منٛزِلچہٕ جایے

مایے لارُس ژھارُن یار

ییہِ کرِ بول بوش تَس چھُ وِشواس　　　کوٚل جان کوٚستوٚ رشرٕ اونچہِ رایے

ترٕ ییٚہِ پرٕ ہرِ اوم تڑ اوِ کایایے

مایے لارُس ژھارُن یار

# 34- شارِکاۓ ناوَس لگے پأرۍ پأرۍ

شارِکاۓ ناوَس لگے پأرۍ پأرۍ ہأرۍ پَرٕچ بوزُم زأرۍ
زَگہٕ چھکھ کاسان موہہ اندھکأرۍ
ہأرۍ پَرٕچ بوزُم زأرۍ
ترٕ کوٗٹی دیوتاہ سأرۍ ژٕے اَدِین گون چھی چأنۍ گیوان ژٕیے تأبیا
اَشٹہٕ سِیدِ ژٕے سیوک شیرس چھے سوأرۍ
ہأرۍ پَرٕچ بوزُم زأرۍ
ژٕیے وَنان نارانی، ژٕیے بُدرکألی ژٕے ترِپورٕ سوندری ژٕے لکٕھمی
شِو سٕنٛز شکھتی زگت چھے پُزأرۍ
ہأرۍ پَرٕچ بوزُم زأرۍ
ژنڈ مَنڈ راکھسن چھکھ سمہأرۍ بُھکتن کِرش کومل تہٕ عأرۍ
دیون امر بتھ دیُتُتھ سأرۍ سأرۍ
ہأرۍ پَرٕچ بوزُم زأرۍ
ژَرَن چأنۍ کومل پمپوشہٕ ؤتھرٕ زن بُھکتن مَنز ہرٕ دیَس شوٗبن
یِنہٕ گرشہنکی چھکھ بَنٛد گرشان تأرۍ
ہأرۍ پَرٕچ بوزُم زأرۍ

مایہِ ہُتہٕ بگھتی یِوان دَوان لاران لولہٕ سان ناد لاٗے لاٗے ژیٚنے گاران

کینٛہہ یِوان پاٚدلی چھِ کینٛہہ نٔنہٕ واٚری

ہاٚری پَرٛتچ بوزُم زاٚری

کینٛژن اَتھَن کبتھ چھی پوشہِ دَستے کینٛہہ دود تہٕ ناید ہتھ چھِ مَستے

ساٚری کران ژٔنے پوٚز پوش ژاٚرِ ژاٚری

ہاٚری پَرٛتچ بوزُم زاٚری

وِشواسہٕ چھی یِوان ژیٚنے نِش ساٚری مایہِ سان بوزان چھکھ تہنٛزٕ زاٚری

سنموکھ چھکھ ژٔیس ماٚج ژولپاٚری

ہاٚری پَرٛتچ بوزُم زاٚری



## 35- سَنتوش اَمربتھ

سنتوش امربتھ سنتوش سُہ پانے تَس شِو وَنانۍ کرُس پوٚزاہ

بگھتمن سے پٔز بگھتی دِوانۍ تَس شِو وَنانۍ کرُس پوٚزاہ

اوم بھوٗر بھُواہ سواہ منترٕ رُت کیاہ پَرِیُس پزٕ یمہِ سان لبہِ نروان

کُن اوس، کُن چھُ تہٕ کُن روزِ پانۍ تَس شِو وَنانۍ کرُس پوٚزاہ

مؤل ہیٚوٗر، لَنجہِ یون، نو اَسمانے سَتھ زُمینہٕ ہیٚرِ بونہٕ روزانۍ

پیٹھ چھِس پَروَت ساس بَرد یہ وورانۍ تَس شِو وَنانۍ کرُس پوٚزاہ

| | |
|---|---|
| شیشہِ ناگس پیٹھ پمپوش آسن | تُھی پیٹھ روٗ زِتھ ہیتھ لکھمی جی |
| پیٹھ کیلاشس ہیتھ شکتی پانےٚ | تَس شِو وَنانےٚ کرُس پۆزاہ |
| جٔٹہِ چھس گنگا جی سورگہٕ وَسانےٚ | ڈیکہِ چھس ژٔندرم تابانے |
| ہَٹہِ چھس واسک بوسہٕ دِوانےٚ | تَس شِو وَنانےٚ کرُس پۆزاہ |
| ستی ہیتھ شکتی دھیان دارانےٚ | شکتی بگھتین چھُ تھاوانےٚ |
| سرٛیشٹی پالک، سمہار کرانے | تَس شِو وَنانےٚ کرُس پۆزاہ |
| وِشواس بگھتین سٕہ وِشواس پانےٚ | ژہتہٕ ژہنتہٕ پَران رام رامے |
| ساکار، نِراکار، اومکار سٕہ پانےٚ | تَس شِو وَنانےٚ کرُس پۆزاہ |



## 36- واکھ

آدِ چھُسنہٕ! اوم شُم

اَنت چھس نہٕ! اوم شَم

اوم شَم حال ژٕے زان

اوم شَم بھوٗت، اوم شَم بھوِشیہ

اوم شَم اَنتہٕ روٗس کال ژٕے زان



آکار کارَنَن یُس چھے پژٕلان
تَس چھِی وَنان لا مَکان
کارَنَن تژن ہُند تیمی زَن مِیُل زون
اوم پژٕنوُون سُے چھے مہان



سُے پھیرِ لنجہِ ییتہِ پوشہِ باغن
سُے بنہِ تتہِ باغوان
سُے نیرِ رہبر پننِس پانَس
زأنِی واٲلی ہشز لبی زان



سُے بنہِ ہمسوٗ، بنہِ سُے سوٗہم ا
زِنٛدٕ مَرِ رِنٛدٕ نیرِ جان
سُے لبہِ پےٚ اَدٕ تَس جانانَس
یَس عالمن منٛز پَرمستھان



سوٗنٛتُک سبزار ہرٕدِچ زَردی
یُن تےَ ییٚنہِ گژھن زان
زبَنَس چھُ مرُن لٲزِم ملزِوٗم
آوا گمن أتھی وَنان



شالہٕ مارَن ییٚتہٕ کیاہ کرِ وِشواس
وِشواسس پٹھ قائیم جہان
مَنہٕ ناگرادَے ییٚلہٕ کرَی تَس پۆز
اَدٕ پرٛاوِ نبر گونَس لَمی نِروان



آدِ چھُس نہٕ اوم شَم، اَنت چھُس نہٕ اوم شم
اوم شم حال ژٕے زان
اوم شم بھوٗت کال، اوم شم بھوِ شیت
اوم شم اَنتہٕ روٗس کال ژٕے زان



## 37- مےٚ اوٚنمکھ لولہٕ سالےٚ

مےٚ اوٚنمکھ لولہٕ سالےٚ
ترٕ زگت پالہٕ شمبھوٗ

ناٗلۍ ترٛ اوَے پوٗشہِ مالےٚ
دہنہٕ دَیالہٕ شمبھوٗ

مےٚ اوٚسُم لول آمُت
گوٚمُت اوسُم دِلَس ہول

مےٚ لوٚبمکھ کمہِ کشالےٚ
روٗٹھمکھ نالہٕ شمبھوٗ

یَنہٕ ژوٗلکھ ژٕےمےٚ تۍ آوتِھ [illegible] شےٚ [illegible] چھُم کہٕ آش

بہٕ دوٗربر چون نہٕ ژالےٚ
یُس چاےٚنی کٔری پوٗزن
اَنتس رٕژ سُمرن
کیلاش پَروَتہٕ نِہ
سادھنا سبد کران ژٕے
گوٚڈ دِمےٚ اَشہِ وانے
میٖٹھی دِمےٚ کَرمہٕ لانے
نیلہٕ کنٹھ لگےٚ پادن
پانٕےٚ واتُم مےٚ دادَن
ترٕیلوٗکی ناتھ میٔانےٚ

میٔانہِ رکھپالہٕ شمبھوٗ
تَس چھُنہٕ زانُہہ سورن
دِزہم کرٕ پالہٕ شمبھوٗ
پوٗنی کتھی کُری مَتی چھی
بَکھتن دَیالہٕ شمبھوٗ
پوٗز کرٕ شرٕ وِژ شرٕانے
چھُکھ بے مِثال شمبھوٗ
گوٗش تھوٗم فُری یادَن
ژٕے شکھتہِ وِشال شمبھوٗ
لچھِ نوو چھُکھ گوسانے
وِشواسہٕ روز سانے
ہِم سوکھہٕ بالہٕ شمبھوٗ



# 38- بول بوش کرِ جانانَس ءستی

مَس چَمہٕ لولےٗ لولہٕ مَسوانَس
بول بوش کرِ جانانَس ءستی
مَنہٕ کے ناگہٕ رادِ وُ زِوُ زِنی مےٚ پانَس
بول بوش کرِ جانانَس ءستی

تَس بَرٕ مَس پیالہٕ لولہٕ تیم سالےٗ
سوزِ شیٚچھ کالےٗ چھُے مےٚ ءستی یُن
سکھرِتھ روزَس اَنہٕ زاَنِہ پانَس
بول بوش کرِ جانانَس ءستی

روشہٕ روشہِ پوشہٕ تھٲرتَس کرِ عرضی
مَرضی تٔمی ہنٛزٕ رے چھُ میوٗن اَتھواس
ءستی ءستی روزِ بہ قہر زاَنِہ پانس
بول بوش کرِ جانانَس ءستی

نوٚن پزِ بہ پانےٗ نوٚرِ نوٚرانےٗ
زیٚوٗن مَرٕن یُن گرشھُن سُے کرِ بہ ماف
گت کران روزَس تتھ نوٚرانس
بول بوش کرِ جانانَس ءستی

اکھنٛڈ برٕ ہمانڈس ویا پک پانےٗ
ساسہٕ ہٕدی بھاسکر چھُس شہُل تیز
اومکار سوٚرہٕ پس تَس بھگوانس
بول بوش کرِ جانانَس ءستی

وِشواس تٔمی سُند چھُس خبر پانَس
تنٛدِس دوستانس گس چھُ سَندیٚہہ
جاے تٔمی ہنٛز چھم مَنزٕ مَنہِ تھانَس
بول بوش کرِ جانانَس ءستی



# 39- مورلی دَرِ میٚون چھُکھ ژٕ بھگوان

مورلی دَرِ میٚون چھُکھ ژٕ بھگوان
کھبنہٕ کھبنہٕ مےٚ گرشھم چونٔے دھیان
پۆزاہ بہٕ کرَے بُکھتہِ باوِ سان
کھبنہٕ کھبنہٕ مےٚ گرشھم چونٔے دھیان

بالہٕ کرٛشنہٕ سون پیتہٕ ژھالہٕ ماران
پَنہٕ نے موکھہٕ دِم گیتا گیان
تار دِزىم پوٚ سرَس دَرشنہٕ سان
کھبنہٕ کھبنہٕ مےٚ گوشھم چونٔے دھیان

اَسوِنہٕ موکھہٕ چھُکھ موکھشیہ داتا
سیوٚلیہِ ژےٚ لکھمی جی زگت ماتا
سادَن سنتن لولاہ بَران
کھبنہٕ کھبنہٕ مےٚ گوشھم چونٔے دھیان

ژوٚتُر پوٚز رِیھ یَس پانہٕ ہاوَکھ
کلپن ہُند نیاے اُتوراوَکھ
تتھی دَرشنہٕ ہے چھسے پزاران
کھبنہٕ کھبنہٕ مےٚ گوشھم چونٔے دھیان

مَتھرایہِ ییلہِ زاکھ پانہٕ بھگوان
وَسدیو راز اوس ژیےٚ پۆزان
قاد خانہٕ تَس بنیو سورگہٕ سَتھان
کھنہٕ کھنہٕ مےٚ گرشہم چونےٚ دھیان

دیوکی ماتایہِ نِشہِ ژے زاکھ
نَنٛدٕ گورینٛ گرِ زیوِتھے ژاکھ
جَسدا ماتایہِ کتہِ چھُ زانان
کھنہٕ کھنہٕ مےٚ گرشہم چونےٚ دھیان

گۆکلہٕ بنٛدرابنس بۆرُت لولاہ
گۆپین ستی کِنٛزِتھ راسہٕ لیلاہ
کامدینہٕ رٔچھِتھ گۆرِ بالکن سان
کھنہٕ کھنہٕ مےٚ گرشہم چونےٚ دھیان

کالی ناگ اوس زَہر ہاران
جمنا جی اُس توَے پریشان
کڈِتھے تمہِ منٛز دِیُت تھس گیان
کھنہٕ کھنہٕ مےٚ گرشہم چونےٚ دھیان

کۆرو کھیترُک یود کرنووُتھ
ٹاٹھس ارزُنس گیان بووُتھ

گیتا جی وُنی تھَس وِستارٕ سان
کھنہٕ کھنہٕ مےٚ گرٕ ھسم چونے دھیان

ژودواہ وُہرے درٛاکھ نتھرایہٕ کُن
سورگس اوسے کُنس سوزُن
راکھسن آکھ ژٕرے ناشاہ کران
کھنہٕ کھنہٕ مےٚ گرٕ ھسم چونے دھیان

ترٛبھون سارٕ مےٚ تہٕ ہاو درشُن
وِشواسہٕ ہٕ کرَے پوشہٕ وَرشُن
پَرمہٕ شانتی گرٕ ھسم دِم مےٚ وَردان
کھنہٕ کھنہٕ مےٚ گرٕ ھسم چونے دھیان



# 40- آو ہے گۆوِنٛد زٕنمَس سانے

آو ہے گۆوِنٛد زنمس سانے
گۆڈ اَشہِ وانے تَس بہ دِمس
درشُن تسنٛد چھُم اَزلہٕ لانے
آو ہے گۆوِنٛد زنمس سانے
پمپوشہِ پادَن میٹھۍ دِوان روزَس
ژامر بہ کرس اُچھر والو
پوشہِ پوٗزا کرس ہمیشہِ روزِ سانے
آو ہے گۆوِنٛد زنمس سانے
ژۆژُر بوٗ زرِپس وِشنوسوٗرۆپس
کھنہِ کھنہِ میوٗن چھس ساشٹانگ پرٕنام
گیان، دھیان، بکھتی کوسہ نہٕ تَس مانے
آو ہے گۆوِنٛد زنمس سانے
بھگوان کرٛشنس اُمس تھَنہِ ژۆرس
یہُنٛدِ نوٗرٕ نوٗران چھِ ستھ سمسار
اُمی دِژ گیتا جی یوہے سار زانے
آو ہے گۆوِنٛد زنمس سانے
بھگوانہ لگیو پمپوشہِ پادَن
میانِس نادَن تھاوتم گوش
بھاگیہِ میوٗن ڈۆلُمت شیرُم اَزلہٕ لانے
آو ہے گۆوِنٛد زنمس سانے
وِشواس پوٗز چھُم چونُے ویشواس
ویشواس میوٗن کرِ تہٕ پوٗرن ژے
تھَنہِ ژۆرٕ کھیاوٕ ہتھ یتہٕ کھتہٕ سانے
آو ہے گۆوِنٛد زنمس سانے



## 41- واکھ

اٗوِیُل کٔنِتھ کاٗنسہِ ما دوٚیُم
لَمان لَمان لوٚسی ما دوہ
مٔنزِلاہ کھوم پانہٕ تھوٚکُم
بوز وونی باتہٕ حدٕ روٗس کوہ



چمنن پھیران گلو پرٛژھُم
کمن کمن بٔنتھ آو
ہَردَس زردی، شِشتُرس سَردی
سوٚنتس سہٕہ خوے شہُل واو



آدِ روٗس، مَدھیہ روٗس انتہٕ روٗس
سَنزِس یُس سوٚن ئے گوٚ آتم دَیہِ سُند ناو
پَنہٕ نے منہِ یُس وانتہِ وَسہِ سَنزِس
بانَس شور شور چھانَس سوبھاو



یُس وَسہِ سٕندرس، لال لبہٕ نَرس
سُے گو بڑم سُے سۄہم بھاو
یَژھ پڑھ کرٕنی سَنُن اۄمَس
دھیٲنی گیٲنی پکہٕ ناوِ ناو



اَنٛتس یُس زپہٕ پنہٕ نِس اۄمَس
سُے گو یۄگی مُکتی بھاو
یہِ کینٛہہ مےٚ لۄکھُم تی تمٕی وونُم
کھٔنتھ جِگرس تسُند ناو



ترٲوِتھ پتھ کھورِ سوئرے ژھُنُم
مَنہٕ منٛدرس چھُم شِو سوبھاو
ترٛیٚیہِ چھےٚ توشان، وِشوٲسہٕ کانٛچھان
لولس مےٚ گنزاو، بکھتی باو



# 42- ڈیڈ میانے اوم شبدِ مضراب چھُم

میانے غیبہٕ کُے میٚحراب چھُم    تارِ اَندرٕ ے اوم شبد مِضراب چھُم
تارِ ہُند سوز یارٕ سُند کمخاب چھُم    تارِ اَندرٕ ے اوم شبد مِضراب چھُم
زُ یار میٖونُے جان میٖون جانانہٕ میٖون    سُے چھُے ساقیٖ، جام سُے، پیمانہٕ میٖون
جانِ جانان سُے میٚہر، ماہتاب چھُم    تارِ اَندرٕ ے اوم شبد مِضراب چھُم
تَس کُنتھ سرخم سَدا روزِ میٖون    سُے اوَل سُے چھُ آخر اَزلہٕ لون
ہاوِ درشن پوٚر کرٕ وُن خاب چھُم    تارِ اَندرٕ ے اوم شبد مِضراب چھُم
یَس تیٚسنز یاٗری تَس کتہِ پَرٕ پیٚیس    لولہٕ سُدرس منز کُنی ڈُنگہِ اتھِ دُریٚس
دھنہٕ دیار سُے چھُم سُے مےٚ ثواب چھُم    تارِ اَندرٕ ے اوم شبد مِضراب چھُم
زاٗہدی منز بے ادب ما کانہہ تہِ چھُے    عاٗبدی منز ثاٗبت قدم کانہہ خال چھُے
مَنہِ بصیرت چھُم تیٚسنز سہٕ آفتاب چھُم    تارِ اَندرٕ ے اوم شبد مِضراب چھُم
زُلفِ شہمار یارٕ ہے میاٗنس چھِ کیاہ    تاٗریف کرٕ ہاٗس زیوٚ تیٚوٗت زُ چھُ ما
چشمِ نَرگس ناٗلِ تَس کلمار چھُم    تارِ اَندرٕ ے اوم شبد مِضراب چھُم
سوٚر مٔلی تھے ساسہٕ بَدٕ ہرٕ دیک نوٗر چھُم    چھُم بٔستھ مَنہِ منز مےٚ نَش پوٚ ز دوٗر چھُم
دوٗر روزُن تَس نِشے وَنی عذاب چھُم    تارِ اَندرٕ ے اوم شبد مِضراب چھُم
ساکارٕ سوٚ روٗپے پھیرٕ وُن ڈنڈک وَنس    نراکار سوٚ روٗپے سُے چھُ وِیاپک ہر زرس
سُے چھُ میٖون رام، سے کرشن، شِونٲتھ چھُم    تارِ اَندرٕ ے اوم شبد مِضراب چھُم

وِشواس بَنِیوٚمُت کرتام یارس ٹوٹھ داس    پَرمیشورس پادٕ نے تل ووٚنی چھُ خاص
توٚ کَنٕی لوٚ کَنٕی اَسپری تَس دِژن درخاب چھُم    تارِ اَندرٕ ے اوم شبد مِضراب چھُم



## 43- پوشہِ مالہٕ لولو

مے ہَسا اَنٕی مے ژیٚنے گُلاب ڈالہِ لولو    بَہٕ لگہٕ یومَستانہٕ چالہِ لولو
بَہٕ لگہٕ بوٚ چانہِ چالہِ ڈالہِ لولو    بَہٕ لگہٕ یومَستانہٕ چالہِ لولو
بھگوان گوٗپی ناتھِ میوٚن ژے ژے کاربیتہٕ گرٕ شمس تھاوی زیم بونہِ شیٚہجار
یُتھ نہٕ اتھ مَنز گڑھے بیمار لولو    بَہٕ لگہٕ یومَستانہٕ چالہِ لولو
نوٗرٕ برٕتے ڈیکہِ چھے ٹیوٚک ژندرم    چشمہٕ مَس کھاسی بکھتیٚن جام چاون
تاج مَلہٕ مَلی دَستار ژے شیرِ لولو    بَہٕ لگہٕ یومَستانہٕ چالہِ لولو
یاد چھُم پادَن ہٕنز شرٕ وِنی شرٕ وِنی کھڑاو    دَزٕونی دوٗنی وُہہٕ ٹُک لولہٕ ہوٚت باو
گیان دھیان ہیتھ ژے بکھتی سوالہِ لولو    بَہٕ لگہٕ یومَستانہٕ چالہِ لولو
مے دِوَردان بہٕ تہٕ یُتھ کرٕ پَرواز    ہَر کانٕسہِ ہٕندی چھِی عیان بہٕ ژے راز
چھُنہٕ کانٕہہ نبر چانہِ زپہٕ مالہِ لولو    بَہٕ لگہٕ یومَستانہٕ چالہِ لولو
شہٕ سوٚرہٕ پیس میوٚن چھُے ژے کار    ناگہٕ راجہٕ چھُے ناری وَن بوٚڑ ژٕ تاجدار
بوسہٕ پادَن دِوان پوشہِ مالہٕ لولو    بَہٕ لگہٕ یومَستانہٕ چالہِ لولو
یَس بکھتِس چانی وِشتی سُ خوش حال    چانِہ بکھتیٚن بُھسہٕ گرٕ ہان غم سوال

چھِی شیران ژےٚ پکوانہٕ تھالہِ لولو بَہٕ لگہٕ یوٚ مَستانہٕ چالہِ لولو
وِشواس چون بکھتین پوشناوٕ کھ کھنہٕ کھنہٕ لولہٕ نظر پانہٕ تھاوٕ کھ
دِمےٚ پَرمہٕ شانٛتی چھُے تژیُن سوالہِ لولو بَہٕ لگہٕ یوٚ مَستانہٕ چالہِ لولو



## 44- سُہ چھُ پانَس ہتین میےٚ

جان وَندس جانانس سُہ چھُ پانَس ہتین میےٚ
پۆزاہ کرَس لولہٕ یزدانَس سُہ چھُ پانَس ہتین میےٚ
نۆرٕ برٕتس تنٛدِس نۆرانس سۆرٕ مُتی ہے لگہٕ پادَن
جاے چھُم تسنزٕ منز منہِ تھانس سُہ چھُ پانَس ہتین میےٚ
بژہمہٕ سۆ روٗپس تَس لامکانس ژنٛدٕ نکی چھِس واٗلی کنہٕ نے
سَتھ سمسار چھِس شامیانَس سُہ چھُ پانَس ہتین میےٚ
بژہما ویٛشن شِونا تھ پانےٚ پَرمہٕ شِو رٕپہ سےٚ نِراکار
ڈیڈِ نکھٕ تَس روزٕ شِو دامس سُہ چھُ پانَس ہتین میےٚ
چھُنہٕ زگت اکھ چھِ زَگت کاٗتیاہ پرٕتھ زَگتس کُن چھُے وِیاپک
پَرمہٕ شکھتی چھُس نۆرانس سُہ چھُ پانَس ہتین میےٚ
سُے میوٗنےٚ اومکار سۆروٗپ سُے میوٗنےٚ ہَرتہٕ ہاوَس
سُے ووت پرٕوت سےٚ ہرنانس سُہ چھُ پانَس ہتین میےٚ

پایہِ بوٗ ڈمیون سُے چھُ ہَر جایے　　سُے تھاوان بُگھتنَن سایے
سانہِ بُدی سِری یہِ تَس چھِ نوٗرانس　　سُہ چھُ پانَس بھتن مییٚ
آیہِ شاردا دوٗ پنم پانےٚ　　وِشواسہِ لیکھ چھُکھ اکھ بہانے
چانہِ توتایہِ چھِ ٹاچھِ بھگوانس
سُہ چھُ پانَس بھتن مییٚ



## 45- وانےٚ وانےٚ مَتہٕ نِژتو

پانو پکھ توبہِ ہندِ گیانےٚ　　وانےٚ وانےٚ مَتہٕ نِژتو
چھِےٚ مازانہہ پیٚوٗمُت کانہہ اَکھ چھانے　　وانےٚ وانےٚ مَتہٕ نِژتو
دارِ بَر ترٛوٗپرِتھ یاد کرتن دَے　　وعدٕ ہیس سنموکھ دِیہِ درشُن
کرِ ماتا بہت رکھیا پانٛی پانےٚ　　وانےٚ وانےٚ مَتہٕ نِژتو
اَگیان زاٗلُن دونہِ مَنز ژٕتی وَن　　زاٗلُن کام کرٛوٗدمُہہ اَندھکار
تی وبڑھناوان گیتا جی گیانے　　وانےٚ وانےٚ مَتہٕ نِژتو
شہمارٛی زُلفن تنْدِ نے سن تو　　ناٗلی چھُس واسک ڈیکہِ ژُندرم
جُٹہِ چھُس گنگا جی عرشہِ وَسانےٚ　　وانےٚ وانےٚ مَتہٕ نِژتو
گاربس یُس لَس نکھِ پانے واتان　　کرناوان چھُس ساکھشات کار
سُے اومکار رژنتوٗ پانےٚ　　وانےٚ وانےٚ مَتہٕ نِژتو

سُے چھُے بڑ ہما سُے چھُے وِشنو    سُے چھُے شکھتی ہُند بھنڈار

اومکارُک روز دھیان دارانۍ    وانۍ وانۍ مَتہٕ نژتو

سُمر نہٕ ہٕنڈی دانہٕ بہٕ سُند گونہٕ گان    مال چھُے مَنہٕ گُنز ران روز

آدِ نک یَس ستی چھُم یارانۍ    وانۍ وانۍ مَتہٕ نژتو

مَنہٕ مَنز چھُم بُستھ چھُنہٕ دوٗر ززے    لرِ منز میانے بَب براجمان

گیانٕچ دودٕ بب چاوم بب پانۍ    وانۍ وانۍ مَتہٕ نژتو

بھاو تھاو چاو سان ژیرمہٕ کروَق چھُم کم    غمخار دھنہٕ دیار سُے پَرمہٕ گور

پمپوشہِ پادَن تَس روزِ نمانۍ    وانۍ وانۍ مَتہٕ نژتو

تَس بَبس میانِس کانسہِ چھُنہٕ وونمت    پانۍ دیُتم تمٕ وِشواس

تَندِس ویشواسس گوڈ روزٕ برانۍ

وانۍ وانۍ مَتہٕ نژتو



# 46- شرٕ گنیشس زاٗری

نیمت ڈنڈ وَت پژ نامس آدِ دپوس دِمس اَشہِ وانہِ گوٗ ڈتس پاد شِوس
کرس پژ کرم پہمس پادَن دَمس میٹھی دِیم امر بتھ چھلس پاد بنہِ وُمبرِ میٹھ
بہٕ کھنیاوتھ لرٕی، تہٕر یژ شرٕ وژِ شرٕانے لگے ژینے آدِ دیوٕ یم سالہٕ مسانے
ژےٚ چھے دژے میاٗنز ژٕ اٗنی زبن ماٗج سَر سوٗتی ستی
ژےٚ چھے دژے میاٗنز ژٕ اٗنی زبن ماٗج میاٗنز لکھمی ستی
گرِو پژ کاشہٕ مان اَسہِ گیانہٕ پژ کاشہٕ ستبن دِیوِ سوکھ سمپتی پژ لولہٕ ستبن
بہٕ زاٗری چھُسے کران تھومےٚ گوش پانے مےٚ بخشم گیان دھیان بھگتی خزانے
مےٚ چھُم وِشواس چاٗنی سَتھ مے پتہٕ وَتھ تژیلوٗ کی ڈیڈِ پیٹھ چھُس ہاوُم شیچ وتھ



# 47- زَگَت زَنتی ماتا شکھتی

نہٕ چھُم گور شَبد نۓ گورٕ پاۘرۍ زاناہ
مےٚ ووٗتُم تَس تہٕ ژھاران اَکھ زماناہ
مےٚ ما چھِم وید پَرۍٖ متی نۓ مےٚ گیتا
مگر چھم مَنز شِلس اکھ زگت ماتا
ژرن پمپوش چھِم اُمۍ ہندی سبتھاہ ٹاٹھی
کرس ژامر چھلس اَشہِ وانہِ پَزی پاٹھی
ہرٛ دَے کومل اَسُند بکھتن چھُ رَچھِ وُن
چھُنو زانہہ کرٛ وٚ داُمس موکھ ہَرساتہٕ اسوٗن
پھولان گُل پانہٕ اُہنٛزے نظرِ ستین
کران گُلی بول بوش اُہنٛزی درشنہٕ ستین
دٔرِتھ دھرتی تہٕ آکاش چھِی توتامتھ
تھوٗ بکھ محفوٗظ ماتا پرٛیوتامتھ
کران پرٛ کرم اُمس ماجے چھِ ساۘری
پَران لیلایہ کران پوٗزا ژو پاۘری
چھُ جے جے کار گرٛزان ہَرشایہٕ ماجے
وَزان چھس سازٕ سنطوٗر ڈول باجے
مُکٹ داۘری سواۘری ٹوٗٹھ شیرا
چھترٕ انموٗل رٚتنن ہُند چھُ سیہرا
برٛہما وِشنو مہیشر ذات اِیشر
یہنٛزٕ سَر دار چھِ پانے سپر ہستر
کُنی شکھتی مگر چھس ساسہٕ بدٕ ناو
چھِ داۘرِتھ ساسہٕ بٔدٕ رٕپھ پوٗز گُنے بھاو
شرٛن ماتا چھُسے آمُت سدا ژیےٚ
وَرُم پمپوشہِ پادن تل شُر زاُنتھن میےٚ
مےٚ باوتم ستھ کتھا ژے گور بُتھ ووٚنی
دِتم شبدا اپُن ماۘج کرتم دیا ژُ
ژٕ چھکھ اومکار ژے کارن چاۓ چھِی گون
ژٕ یلیٚ کی چھکھ راج کران سرتلہٕ کرُم سون



# 48- پَرمہٕ شِوَس گُن

مےٚ دِیُت وَردان پَرمہٕ شکھتی دۆ پنم وہٕچہناو
گبوٗکھ گون شِوٕ ہنٛز سُمرن کرُس ناو
یہِ سُمرن یُس پَری تہنٛز لولہٕ مایے
تمِس رکژ شِوٕ لوٗکس منٛز پھےٚ جایے
توَے کیٛژن بنٛدن منٛز گیہِ یہ وَرنن
پَرُن زیوٗ تےٚ سوٗرُن شِوٕ ناو تنہٕ من
جُدا شلھتی پھےٚ نو شِوَس نِشے زانہہ
مُدا شِوٕ ے چھُ شکھتی، وِشنو برٛہما
شِوٕ ے اومکار، شِوٕ ے ویدن ہُنٛد ے سار
پَنُن تت ست پَنُن شرٕ کرٛشنہٕ اوتار
شِوٕ ے واسُک شِوٕ ے چھُے شیشہِ ناگ سون
شِوٕ ے پانےٚ ترٛ ے بھَونن ناوٕ بٔنی نوٗن
شِوٕ ے آکاش، شِوٕ ے پرٛتھوی تہٕ پاتال
شِوَس چھُنہٕ آدِ، مدھیہ، شِو چھُ اَنتہٕ رۆس کال
شِوٕ ے چھُم کتھ شِوٕ ے چھُم وَتھ پتہٕ وَتھ
شِوٕ ے چھُم ست شِوَس اَستو تھ صداقتھ

شِوٕے سمسار، شِوٕے گرٕ بار دربار

شِوٕے وِیوٕہار، شِوٕے ہَر شایہِ سرکار

شِوٕے وُچھِ وُن اَچھن ہُنٛد گاش مانُن

شِوٕس طاقتھ چھُ بولان پَران زانُن

جُدا شِوٕس نِشے یِیلہِ چھے گڑھان تَن

پیوان ہاہ وَیرٕ چھِ پتھرِس ضایہِ سپدن

فقط کرٕے چھُ شِوٕس تہٕ لیکن روزان

شِوٕے آدار، شِوٕے رکھپال، شِوٕے زان

شِوٕے شنکر، سدا شِو پَرمہٕ شِو مان

چھُ ژوشوٕے یوگ سُہ پانے شِوٕے پانے کلپ زان

شِوٕے بب ماج لاگتھ زَگہِ چھُ پالان

چھُ وِیا پک سارِسے کُن شِو چھُ آسان

شِوٕس سُمرن کرُن چھے کھنہٕ کھنہٕ جان

سُہ چھُنہٕ دوٗرٕ مَنز چھُ ہرٕ دیِس زان تے مان

گُرس ڈنٛڈٕوَت پرٕنام تَسی لیکن سپدُس

تژیلوٗکی ناتھس شِوٕس اَدہن سپدُس



# 49- زورٕ زورٕ پرٕیأے دُرگا جے

اوم نمو بھگوتے مَنہٕ کِنی سورٕ یأے
زورٕ زورٕ پرٕیأے دُرگا جے
زورٕ زورٕ پرٕ یأے بکھتہٕ باوٕ پرٕیأے
زورٕ زورٕ پرٕیأے دُرگا جے

مَنہٕ کِمن باغن پوش سوٗنبرٲوِتھ
آسن گرٕ زگت زَنی رکیت
راج کران زگتن سوے پننہٕ پانہٕ چھے
زورٕ زورٕ پرٕیأے دُرگا جے

وَتہٕ نِے چانِبن توسہٕ وَتھرٲیأے
واکھن چانِبن رَچھِ کرٲیأے
رونہٕ دامانس جالارٕ گرٕیأے
زورٕ زورٕ پرٕیأے دُرگا جے

پمپوشہٕ پادَن بوسہٕ کرٲیأے
گوٗرٕ موکھہٕ چھلہٕ یأے ژَرنہٕ کمل
مَنہٕ منٛزلس ژیےٚ گوٗرٕ گوٗرٕ کرٕیأے
زورٕ زورٕ پرٕیأے دُرگا جے

دھیانہٕ دارنایہِ آواہَن کرِیأے
ہتھ شِوٕ ناتھ چھکھ یِمی سالہٕ ژِ ے
کھرِ تے دوٕد ٹوٗری ژے بَتی برِیأے
زوٗر زوٗر پرِیأے دُرگا جے

زوٗنہٕ پچھ اُٹھم وزِت چون درِیأے
منہٕ پوٗزا چانٔی روزٕ کرِ وون
چانہِ نامہٕ سُمرنہِ بھوٕ سَرِ ترِیأے
زوٗر زوٗر پرِیأے دُرگا جے

ییٚتہِ ییٚتہِ تھانہٕ چانٔی توت ییمہٕ یأے
پوٚز مأج مےٚ ژٕ چھکھ منہٕ ہے منٛز
ڈَنٛڈٕ وَت پرنام ژیےٚ ژامر کریأے
زوٗر زوٗر پرِیأے دُرگا جے

وِشواس ژٕ ے تھز ژٕ ے ترٕیلوٗکی
ساسہٕ ئبدی باسکر ژٕ ے جیوٗتی
اومکار سوٗروٗپس ژےٚ پوٗزا کرِیأے
زوٗر زوٗر پرِیأے دُرگا جے



# 50- بہٕ ہَساۓ للہٕ ناوَن مَنہٕ منزٕ لِس

گوٗوِند چھُہ میانہِ گرِ بہٕ سہٕ سُلہٕ ناوَن
بہٕ ہَساۓ للہٕ ناوَن مَنہٕ منزٕ لِس
گوٗرٕ گوٗرٕ بہٕ کرس زانہِ نہٕ ساۓ تراوَن
بہٕ ہَساۓ للہٕ ناوَن مَنہٕ منزٕ لِس

مُستی اُمی سِنز ہوٗس بنٛد تھاوَن
چاوَن تہٕ کھیاوَن دود تہٕ تھَنہِ ٹوٗری
واوٕ ہالہِ تھوٗپ دِتھ سُے بہٕ گنزراون
بہٕ ہَساۓ للہٕ ناوَن مَنہٕ منزٕ لِس

سہٕ تہٕ گُن بہٕ تہٕ گُن گُنہِ نہٕ ساۓ تراوَن
دوٗ گنیار دوٗر گژھِ بنہِ یکسان
لول چھُم لوٗس لول برٕناوَن
بہٕ ہَساۓ للہٕ ناوَن مَنہٕ منزٕ لِس

ژہتہٕ ژہتن سُے عانہٕ ہتھ تھاوَن
ویٚوٗر تلہٕ پانس تھاوٕ بانس
ہرٕ کانٛڈ گژھِ پوش ویٚوٗر ہتھ تھاوَن
بہٕ ہَساۓ للہٕ ناوَن مَنہٕ منزٕ لِس

گیانہٕ دھیانہٕ تٔمۍ ہندی گرٕ ییلہٕ تڑاوَن
ستیٚ پکناوُن یوٚت گژھِ توٚت
کھٔنہٕ کھٔنہٕ سۄہم شبد بوزٕ ناوَن
بٕہ ہَسأ للہٕ ناوَن مَنہٕ مٔنزٕلِس

وُچھ تُلہِ وِشواسٕ کھسہٕ زأنپأنِس
چھُس گٔنتھ لول بھگوانس ستیٚ
سورٕگچھِ وِگنے تس وَنہٕ ناوَن
بٕہ ہَسأ للہٕ ناوَن مَنہٕ مٔنزٕلِس



# 51- جانِ جانانٔے ہاوِ دَرشُن

ساتھ گوساتھے ساتھ بَنہٕ پانٔے — جانِ جانانٔے ہاوِ درشُن
پوشہِ پھوٚتی تھٔوِ تیار کرس پوشہِ ورشُن — جانِ جانانٔے ہاوِ درشُن
یێتہٕ پێٹھٕ عرضی تَس چانہِ واڑے — تمہٕ پَرمہٕ شیوٚن وُچھ پانٔے
کرژھوپہٕ تامتھ وَن بہٕ نَنہِ وانٔے — جانِ جانانٔے ہاوِ درشُن
کۄت آکھ پزار ن وونی پزار ییٚہ ہَنا — دارنایہٕ روزُس داران دھیان
اکسمات کٔنو بوز گٔ ہن کنہٕ وانے — جانِ جانانٔے ہاوِ درشُن
ژھوپہٕ کرٕ ہأ کھ پزٕرٕ ژھوپہٕ چھے سپٕنہٕ وُزوُن ناگراد جون سونہٕ سُند

تُٔتھی مَنز ژھارُن سُہ چھُ نَنہٕ وانۍ
جانِ جانانۍ ہاوِ درشُن

اومُکے رِپھے پرٛزِ لان ہَرسوٗ
ساسہٕ بٔدی ہِری یہِ چھُس شہُل تیز

اومہٕ ہے پوٗز کر بن اوم پانۍ
جانِ جانانۍ ہاوِ درشُن

أندریُم دِپھ زال گیانہٕ دھیانہٕ جوتے
بَکھتی کری چانٔی سخت دوٗر

کوہ چھٔنہٕ کھنہٕ نُے خوش گژھ روزانۍ
جانِ جانانۍ ہاوِ درشُن

ساکھشات کارننہِ وانہٕ پیہِ دے
لولہٕ کے سٔدرے مَنز کھسی سُے

لولس چانٔس سُہ تہِ لول برانۍ
جانِ جانانۍ ہاوِ درشُن

یژھ پژھ دٔر چھے گر چھے غنیمت
سوے گر آسہِ دلتہٕ موٗکھی دام

اَمرس امربتھ چوٗن چھُ بہانۍ
جانِ جانانۍ ہاوِ درشُن

وِشواسہٕ چھُ وَنان وِشواس چونُے
نٔرِ موٗت سوٗرِ موٗت چھُے میٗونُے

شکھتی شِوس مَنز لیبن آسانۍ
جانِ جانانۍ ہاوِ درشُن



# 52- مول میوٗنُے یوٗگیشور

پانہٕ بوٗڈ ژاو ژھایہٕ گرٕ سونُے — مول میوٗنُے یوٗگیشور
وَنٕد سے قبیلہٕ کرٕ ونے — مول میوٗنُے یوٗگیشور
واُلی کنہٕ نےٚ ناُلی روٗنٹٕ مالےَ — لالہٕ سالے از آو سون
ہَٹہِ واسُک چھُس نُنٕد بونُے — مول میوٗنُے یوٗگیشور
ہتھ شکھتی لولہٕ تھال شیرس — کتہِ غاُرس روزِ کانٛہہ پےَ
مَنٛز منہِ چھُم لالہٕ للہٕ وونُے — مول میوٗنُے یوٗگیشور
نیلہٕ کنٹھس پزٕ کرم کرٕ سے — بال مَرٕ سے پادن تل
مَسہٕ روزس کھاسی بَرٕ وونُے — مول میوٗنُے یوٗگیشور
کتہِ کھوژس یَمہٕ کِس ببہٕ ہے — نُکھی ڈکھِ چھُم شِوٕ سُند ناو
شِو ناوٕ ہبنہٕ کال ڈلہٕ وونُے — مول میوٗنُے یوٗگیشور
جُٹہِ گنگا جی چھُس یہِ وَسانے — وَتہِ لوٗکن والان پاپ
شاپ سنتاپ پانہٕ ہَرٕ وونُے — مول میوٗنُے یوٗگیشور
ڈیکہِ ژٕندرم چھُس شولہٕ ماران — مےٚ تہِ ہاوِ ہے شوبہٕ درشُن
وِشواسس کاٗلی سکھرونُے
مول میوٗنُے یوٗگیشور

☆

# 53- کرٕشنہٕ دَرشُن ہے کرَو

سٔمی وِی سٔکھیو رٔو کرو کرٕشنہٕ دَرشُن ہے کرَو
نَنٛدٕ گورین گرٕ ترَو کرٕشنہٕ دَرشُن ہے کرَو
بھگوانن دور اوتار بھوٗمی آو واٖلنہٕ بار
جمنایہٕ أسی اَپور ترو کرٕشنہٕ دَرشُن ہے کرَو
تُلی وِستھن پوشہِ پھوٚتی پوٗزِ لاگوس کارِ پٔتی
بھاوِ پوشہِ مالہٕ گرو کرٕشنہٕ دَرشُن ہے کرَو
یاد کرِ لایہٕ اَسہِ ناد أسی گژھوس بوزٕ فرٕ یاد
کرٕشنہٕ کرٕشنہٕ أسی پَرو کرٕشنہٕ دَرشُن ہے کرَو
مایہٕ تھٕنزِ یُس دولہٕ نےٚ زانٔہہ تس نِشہِ سُہ ژٕوٚل نےٚ
شرٕ رامس پوٗز کرَو لرٕشنہٕ دَرشُن ہے کرَو
ایہِ بنسری تان سےٚ دأتی چھُ دِیہٕ دان سےٚ
ڈٕ رٕ ڈٕ أسی گرٕ برَو کرٕشنہٕ دَرشُن ہے کرَو
تھَنہِ ژٕو رَس تھٕنٛز دِموس تُتھی مٔلی أسی لول ہمموس
مَس چَموتہٕ مَس کھاسی برو کرٕشنہٕ دَرشُن ہے کرَو
زورٕ زورٕ لایوس ناد بھگوان چھُ بوزِ فرٕ یاد
سوکھ تہٕ ساوِ یہٕ گنٛج بَرو کرٕشنہٕ دَرشُن ہے کرَو

یادو کولُک دیپک تژیلؤ کی چھُ ویا پک
وِشواسہٕ تَس پژ نام کرَو
کرِشنہٕ دَرشُن ہے کرَو



## 54- پَنہٕ نےٚ رنگہٕ مےٚ تہِ رَنگہٕ ناوتم

رَنگہٕ مَتہِ لکھیو چانٛس رَنگہٕ ہے پَنہٕ نےٚ رنگہٕ مےٚ تہِ رَنگہٕ ناوتم
رَنگہٕ وِنہِ کھبنہٕ کھبنہٕ ستی ستی تھاوتم پَنہٕ نےٚ رنگہٕ مےٚ تہِ رَنگہٕ ناوتم
بالہٕ بالہٕ ژھانڈٕ ہتھ چھمنہٕ سامرتھ مَنہٕ کاکلاسہٕ یِم دَرشُن دِتھ
بکھتی چھُ میؤٹھ رَس پانہٕ چاوتم پَنہٕ نےٚ رنگہٕ مےٚ تہِ رَنگہٕ ناوتم
جٔتہِ چھے گنگا جی چھکھ نُنٛدٕ بوئے ہَتہِ چھُ واسُک کیاہ لؤبہٕ ووئے
ڈیکہِ ژٔندرمہٕ شیٚہجار تھاوتم پَنہٕ نےٚ رنگہٕ مےٚ تہِ رَنگہٕ ناوتم
شکھتی میأنی مأج چھےٚ مَس برٕ سے اُہنٛدٕ ناوٕ چھہِ تَران بُوٕسرٕ سے
کرتم دَیا ست سَنگہٕ تھاوتم پَنہٕ نےٚ رنگہٕ مےٚ تہِ رَنگہٕ ناوتم
مالا زَپہٕ نےٚ مستی مَنز چھُکھ تَپہٕ ریشہٕ نےٚ ژرے وَتہٕ ہاؤکھ
بھاوٕ کرے پؤزاہ چاو بُرٕ راوتم پَنہٕ نےٚ رنگہٕ مےٚ تہِ رَنگہٕ ناوتم
نیٖلہٕ کنٹھٕ نیٖلہٕ ناگ چھےٚ وٕلتھ ہٕتہِ ہے کنہٕ نےٚ چھِی وأنٛلی ژٔندٕ نکی
نکھی ڈُکھی ژرے پنہٕ چھِم مسراوٕ ہم پَنہٕ نےٚ رنگہٕ مےٚ تہِ رَنگہٕ ناوتم

سۄر پچھُے مُلتھِے نۄر پچھُے پشپان چشمہٕ پچھے ہمپوش چانہٕ شۄبان

نۄرٕ بُر تہٕ سۄرٕ متہٕ دَرشُن ہاوتم پَنہٕ نۓ رنگہٕ مےٚ تہٕ رَنگہٕ ناوتم

وِشواس بھگوان بب چھکھ میۄنۓ کاستم گرٛ ہُنے ژٕندرمہٕ ہے

تزیلۄٗ کی ناتھٕ سنمو کھ باستم

پَنہٕ نۓ رنگہٕ مےٚ تہٕ رَنگہٕ ناوتم



## 55- بَب ہے آو بَبہٕ بھگوان آو

بَبہٕ ہِندِ آشرمہٕ شانت سوباو بَب ہے آو بَبہٕ بھگوان آو

سنمو کھ وُچھِتون سانہٕ ڈیرٕ ژاو بَب ہے آو بَبہٕ بھگوان آو

خوباں سۆرۄپس ڈیکہٕ کونگہٕ ٹیۆک چھس نٲلی پشمین پھبرن شیر دستار چھس

ہٹہٕ ناگہٕ یونہٕ پادن رونہٕ کھرٛاو بَب ہے آو بَبہٕ بھگوان آو

ڈنڈٕ وت پرٛ نامس اَسی نموس سارٕی بَب کرِ یارٕی لگوس پارٕی

چھُے بَبس سانس کومل سو بھاو بَب ہے آو بَبہٕ بھگوان آو

گوپی ناتھس اَمِسٕ بھگوانس گُلی گنڈِتھ روزٕ ہوس زارٕ پارس

ٹوٹھ ہے بَبس چھُے بَھکتی بھاو بَب ہے آو بَبہٕ بھگوان آو

پۄزاہ کرٕ ہوس دِپھ دیپ زالِتھ پمپوشہٕ ہار نٲلی تھوہوس ترٛاوِتھ

پانۓ بَب تارِ بھوساگر ناو بَب ہے آو بَبہٕ بھگوان آو

لولہٕ ہٮ۪تی سأری کرٕس زأری دوکھ کاسہِ دوٗرکرغم تہٕ خأری
بَبہٕ بکھتین لولہٕ نظراہ ترٛاو بَب ہے آو بَبہٕ بھگوان آو
وِشواس ببہٕ ہنٛز پَز پزٕھ چھُ دٕرِتھ نَتہٕ پتھرِس گولاب پیٚیہٕ ہے ہٕرِتھ
بَبہٕ ہنٛدی ناوٕ ہٮ۪تی پکان سأنی ناو
بَب ہے آو بَبہٕ بھگوان آو



## 56- تھوٗم گُپہٕ بَب ہٕز دیٚس منٛز

بَبہٕ ہنٛدِ سدٕ پیٹھ وِیشواس پزٕ دوٗم تھوٗم گُپہٕ بَب ہٕز دیٚس منٛز
سُے بھگوان پانے پزٕ زنوٗم تھوٗم گُپہٕ بَب ہٕز دیٚس منٛز
شِوٕ سُند اوتار سُے ہَسأ موٗنم شِوٕ باوٕ پوٗزان شِوٕ شنکر
تٔمی ہنٛدی اَنٛوگزٕیہہ سَت سو بھاو پزٕ دوٗم تھوٗم گُپہٕ بَب ہٕزِ دیٚس منٛز
دیٚنن چھُ رَچھان سپنہٕ وٕتھ تھأوِتھ چھُ نظر تھأوِتھ پانہٕ بکھتین
پانہٕ یوٚڈ مایہِ سان گورمے گٔنٛز روٗم تھوٗم گُپہٕ بَب ہٕز دیٚس منٛز
رٕوزی زِیو حبہٕ چھُو بَب تیٚمی یوگک گأریوٚن درشنانت چھُ ییوان سے
ییٚلہِ ییٚلہِ گوٗرم تیٚلہِ تیٚلہِ پزٕ دوٗم تھوٗم گُپہٕ بَب ہٕز دیٚس منٛز
چٔرسا پھوٚنکان چلِما دِہٕوان ژبتہٕ کے حبہٕ اوم اوم زَبان
لولس لولاہ سے بٕرنوٗوم تھوٗم گُپہٕ بَب ہٕز دیٚس منٛز

مَستانہٕ مُتِس دَستاراہ گُنڈِتھ ہِری یہِ ہیُوٗتُم سُند ے رٕہسہ نوٗرِان

کوِ یتا .. لیکھی لیکھی پانہٕ بوزٕ نووُم تھوٗوُم گُپہٕ بَب ہٕز دیس منز

بَبہٕ ہنٛد. ن آشرمن چھِ لگان میلے گونہٕ گان بَبہٕ سُند چلان لیبابہ

وِشواسہٕ بَبہٕ ہے پان پُشرِ ؤٕم
تھوٗوُم گُپہٕ بَب ہٕز دیس منٛز



## 57- ساقین چَونَس مأری فتہٕ مےٚ

اوٗم للہٕ نووُم مَنٛزِلس تھوٗوُم ساقین چَونَس مأری فَتہٕ مےٚ
سَرٕ کٔے سردار کُنےٚ اوٗم تھوٗوُم ساقین چَونَس مأری فَتہٕ مےٚ
تھَنہٕ پیٛنہٕ ہے ستی ژھبنہٕ ییٚلہِ کوٚرنس وٕدی وٕدی نادٕ کتی لأیمس مےٚ
مَٹھِ مَٹھِ دِی دِی نیٚنٛدرے سوونس ساقین چَونَس مأری فتہٕ مےٚ
ماسن ہُنٛد شُر باشہِ کرٕنووُنس گلہِ گلہِ دامہٕ چوونس شیٖر
نیٚشبوٚ دفرٕستن ستی گنٛڈٕنوونس ساقین چَونَس مأری فَتہٕ مےٚ
لوکچارس کیٛاہ کیٛاہ ہیچھنوونس اَلِف واو بیٛہٕ میم پَرنووَنس
ژالٹہٕ باجن ستی ستی گیوٕنووَنس ساقین چَونَس مأری فَتہٕ مےٚ
عُشقُن بازر سرٕ کرٕنووَنس معشوقہٕ سٕنٛزِ وِیرٕ کڈنم کل
کرٕمچہِ نادِ منٛز یکبارٕ زووُنس ساقین چَونَس مأری فتہٕ مےٚ

دوہ پوٗنشہِ گرٕ وبٕ ہار کرٕ نووٗنس
اَکی گرِ کوٗرنم مَنٛدِنبن شام

والہٕ واشہِ لاٗ گتھ زالہٕ بَنٛد تھووٗنس
ساقین چووٗنس ماٗری فتہٕ مے

دامَنس محکم مےٚ تہٕ تھپھ تھاوٕمس
رَژِ کھنڈِ ادِ تمی پرٕژھنم حال

روشن پانہٕ چھُس توتہِ وَنہٕ نووٗمس
ساقین چووٗنس ماٗری فتہٕ مے

گیتاجی لَرِ لَرِ ژور وید تھاوِتھ
سارٕ کٕے سار ہوونم اومکار

تمی وِشواسے بزٕ ونہہ پکنووٗنس
ساقین چووٗنس ماٗری فتہٕ مے



# 58- سہایتس روزٕم بھواٗنیے دَمبدَم

چھُم مےٚ حاصِل چاٗنی بَھکتی چھمنہٕ غمٕ
سہایتس روزٕم بھواٗنیے دَمبدُم
شُر چھسے چون ماٗج ژٕے ہےٚ چھے میوٗن قسمٕ
سہایتس روزٕم بھواٗنیے دَمبدم

واس چھُم ہر دیس اندر چون چھُم مَنٛدر
پرٕنگ بھواٗنیے چھُم گرِتھ ژٕینےٚ رَکیت سونٛدر
پیکھ مےٚ سنموکھ اتھ اندر وعداہ دِتم
سہایتس روزٕم بھواٗنیے دَمبدم

راج چوٗنئے راج لُکھمی پانہٕ چھکھ
تاجدار ژٕے شِوٕ ہشٕژٕے سرتاج چھکھ
کھبنہٕ کھبنہٕ پۆزان ژےٚ چھِی دیو رُودرٕ گن
سہائیتس روزُم بھَوآنیے دَمبدم

چانہِ جوٗتی ہتی چھُ پرٛزلان ہِرِ یہِ لوٗک
چاۓٚ درٛشِٹی دوٗر کران اندھکار کوٗف
یَس ژےٚ ہِش ماَج رأچھدر تس کیٛاہ چھُ غم
سہائیتس روزُم بھَوآنیے دَمبدم

ہی تہٕ مَسول مایہِ چانے روٗو کران
ٹیکہٕ بٹہٕ نئَ وِرِ کیٚمس لولاہ بَران
بلٕم تہٕ مادل ہبتھ بہٕ آس سوٗنتس چھُ خم
سہائیتس روزُم بھَوآنیے دَمبدم

وِشواسہٕ لیکھان چھُکھ ژٕ لیکِھتھ کرمہٕ لون
پَننہِ شوب درٛشٹہٕ یہِ مےٚ شیرُم ازلہٕ لون
ترٛیلوٗکی ژیٚے وَنان کرِ دوٗر سِتم
سہائیتس روزُم بھَوآنیے دَمبدم



(آزاد نظم)

# 59- موٚدُرمےٚ

چھُ پَرکھُن سون توٚے کہُوچہِ چھُ کھارُن
توٚے نارٕس اَند رچھےٚ پان کارُن
بُتھ سون اَدِ بَنکھ کنہٕ واٚلی شِوس
تہٕ پزاوکھ پَرمہٕ شاٚنتی یوٚ دژ ہاوس
دَزکھ نےٚ پانٕ کتہِ کارکھ بنکھ سون
اَتہٕ گتہٕ گیر ہے پیٚوستہٕ روزکھ
ژکمہِ زیٚوِ نامہٕ سوزکھ اَزلہٕ یارس
تہٕ دپہٕ ہَس ہاوِ دَرٕشُن
بَرکھ نےٚ یِژھ تہٕ پژھ تس ساسہٕ ہری یَس
پژکاشہِ تیمی ہندِ چھِ ستھ سمسار پژزلان
دَزکھ پوٚنپوٚ رژکہِ تی تیلہِ تَس کران گتھ
دَزُن نارس زِندے ماچھےٚ سہل کتھ
بُتھ شہمار روٗزِتھ اتھ خزانس یوٚ دکرکھ راٗچھ
تہٕ پزاوکھ پَرمہٕ گتھ ژےٚ
نتہٕ اند ھکارٕہے یوٚ دلور روزکھ

تہٕ گاشہٕ آش مُشر اوکھ بنکھ بِجن
ژٕ تیلہِ کتہِ راُچھ کرٕہَس لولہٕ باغس
تہٕ سگ دِکھ پوشہِ چمنن
موٗلٕل دُرچھے بوٗن سرتل بنکھ سوٗن
گرٕھکھ دیوانہٕ سورٕگکی جامہٕ پرِتھ
ژٕلکھ اَدٕ وُپھ تہٕ واتکھ تَس نِشی ژٕ ے
تہٕ پرٕ زلکھ ساسہٕ سِری یہِ یَس لیٖن روٗ زِتھ
بنکھ اَدٕ آبہٕ قطرے بوٗڈ سمنٛدر
سو بھاوشیٖتل سَنہِ سوٗن واثتہِ روٗستے
ژٕ ے کرنے یاد اَدٕ عرشس تہٕ فرشس
دَپن پزٕی پاُٹھی آمُت اوس سُہ وِشواس
تہٕ بَرنے وَقتہٕ وَقتَے لول یادَن
دِنےٚ میٹھی وژٕننےٚ چانٛبن تہٕ گوٗہکھ
ژٕ پرٕ اوکھ لولہٕ سُند راہ ییتہِ موٗ دُرمےٚ



# 60- مہرینہٕ کورِ وأریُو نیرنہٕ وَقتہٕ اُہی

میٲنی کوٗری نیرِ وأریو      شیرِ ووٗنی گرٕ بار ژٕے
یُتھنےٚ ہارکھ اوٗش ژٕ وُنی کہن      تتھ ژٕے ہے چھے میٲنی دژٕے

شیرِ ووٗنی گرٕ بار ژٕے

اَز تامَتھ سیوٕ کُرتھَم      گرٕ ھ ژٕے پوٗری نےٚ کرمَس
ڈبکہٕ پوٗری نےٚ زانُہہ مہٕ سوٗری نےٚ      شیرِ ووٗنی گرٕ بار ژٕے
بختہٕ بڑٕ نیر وأری وِس منٛز      اُسی نےٚ تتہِ پوٚترٕ گاش
آش مالیٛنج سَتھ ژٕے روٗزی نےٚ      شیرِ ووٗنی گرٕ بار ژٕے
ہَشہِ ہیٚہرٕ ہنٛز کُری زِ سیوٕا      تم زأنی زبکھ مأج مول
زأم دژٕے ییٚنہِ بأے ویٚنٛدی زبکھ      شیرِ ووٗنی گرٕ بار ژٕے
بأژ پۆن بھگوان زأنی زبن      مان تَس دِزِ تھوٚد وبقار
سوکھ ساوَے پزٕأ دِو ستی ستی      شیرِ ووٗنی گرٕ بار ژٕے
راج یٕژھی نےٚ ووٗنی ژٕے کرٕنےٚ      بھگوان دِی نےٚ رُت وبژار
پاٹھ پوٗزا یُتھنےٚ مُشر کھ      شیرِ ووٗنی گرٕ بار ژٕے
ماجہِ دیٚوی ہُند نبتھ کُری زِ دھیان      شیوٕ ناو زٕلِ زِ مایہِ سان
زانُہہ نابے سوری سوکھ سمپدا      شیرِ ووٗنی گرٕ بار ژٕے
جوٗری روٗزِ و جوٗرِ مادان      دَیے روٗزی نوٚمیٚہر بان

پژاُ وِ وعاُش عشرت سنٛسارُک　　شیرِ ووٕنی گرٕ بار ژٕ ے
ژیشہِ بوچھِ ہوٚت یُس تہِ آسی　　دَرواز ٕس کری صدا
پیش کُری زبس کھٕن تےَ چن　　شیرِ ووٕنی گرٕ بار ژٕ ے
آن ماٗنی ستی تھٗوی زِ زان　　یُتھنٕہ زانٛہہ کرَکھ مان مان
گرٕ تہنٛدٕ ے روزِ شادمان　　شیرِ ووٕنی گرٕ بار ژٕ ے
یم وژن لیکھتھ مےٚ وٗنی مےَ　　زاٗنی زنکھ یم چھِ امرِتھ
چےٚ ژٕ کٗوری نٹھو ناربو　　شیرِ ووٕنی گرٕ بار ژٕ ے
چھُم مُست دِل مےٚ وُنی کبس　　میٛون چھُے ہیٚوت دیٛوت یوہےَ
رَٹھ ژٕ بَر دِلہِ کس خزانٕس　　شیرِ ووٕنی گرٕ بار ژٕ ے

مول چون شِوٕ ناتھ چھُے
ماٗج چاٗنی گوری شوٚری
عَرشہِ وٗژھ وِشواسہٕ اٗہی
شیرِ ووٕنی گرٕ بار ژٕ ے



# 61- جَے جَے کار

نٛیٛنٛد رِمَس چھُس کرُم بیدار　　ژےٚ جَے گے کار میٲنہِ شمبھوٗ
ژٕ میٛون بَب ماَج بٲے بَنٛد یار　　ژےٚ جَے گے کار میٲنہِ شمبھوٗ
بٔنا دٲری وَنان سٲری　　مُرٲری چھُکھ کلیٲن کٲری
ژےٚ اوس کس مےٚ وَننہٕ نَس وار　　ژےٚ جَے گے کار میٲنہِ شمبھوٗ
وَنن پھیران کنَن چھِی واَلی　　یہِ کٔمی وۄن بول چھِہ چاَنی بنٛگٲلی
آدِ تے اَنت چھُ چون وِہٕ ہار　　ژےٚ جَے گے کار میٲنہِ شمبھوٗ
ڈٕبکس ژٔندرَم ہٕٹس واسُک　　ہِری سنمو کھ وُچھتھ کٔمی ہیٚوٚک
چھِہ چانی ہتٕ ستہ سمسار　　ژےٚ جَے گے کار میٲنہِ شمبھوٗ
پٔرٕیتہِ تَنے مٔلِتھ بسم روزَن　　ؤلِتھ مرگہٕ چھال گُنٔ روزَن
وَسان گنٛگا جٔتہِ چھے دار　　ژےٚ جَے گے کار میٲنہِ شمبھوٗ
مگن مُستی اَندر ژٕ ے چھُکھ　　زَپان مالا پٔنٕنٕ پانہٕ چھُکھ
وِوما سیٛوک ژےٚ وِشنُو یار　　ژےٚ جَے گے کار میٲنہِ شمبھوٗ
گٔرتھ ہیکہِ کُس گون وَرنَن　　اَجر اَمر ژٕ چھُکھ آسن
ؤنتھ کٔمی ہیٚوٚک شِوٕ سُنٛد سار　　ژےٚ جَے گے کار میٲنہِ شمبھوٗ
نٔمِتھ اَشٹانٛگ یہِ تَن اَرپن　　مَن اَرپن ژےٚ دھن پَن
پَرم شِو چھُکھ ژٕ نِراکار　　ژےٚ جَے گے کار میٲنہِ شمبھوٗ

دِہنہٕ دَیالہٕ زَگت آدار
ترٛے کارَن پانہٕ چھُکھ اوٗ مکار
ترٛیلوٗکی ناتھہٕ ترِبھون سار
ژٕ ترٛے جے گے کار میانہِ شمبھوٗ



## 62- مولہٕ روٗس پھوٗل مَنہٕ مولہٕ ناوَن

موٗت چھُم مُستی مَنز وُزناوَن
تھاوَن پَنہٕ نِس مَنہٕ مَندرَس
دودٕ ٹوٗری بڑیہِ قَند روزَس باوَن
تھاوَن پَنہٕ نِس مَنہٕ مَندرَس
گوٗڈ گوڈٕ بہٕ دِمَس ییمہِ اَشہِ وانے
اَمرہتہٕ وانے ناوَس تَن
گنگا جی جٹہِ مَنز چھُ للہٕ ناوَن
تھاوَن پَنہٕ نِس مَنہٕ مَندرَس
ڈیکہِ چھِے ژٔندرَم شوٗبان مُترٕ ہے
خوبان اُمی ہنز چشمہٕ بادَم
جٹہٕ چھُس پارَس ہیرٕ شوٗبہٕ ناوَن
تھاوَن پَنہٕ نِس مَنہٕ مَندرَس
شکھتی ہتی چھُس بکھتی مُڑیاے
سُتی یاے ناوٕ آے پاروٗتی یاے
شوس ہیچ گوٗری وُر بھگوانن
تھاوَن پَنہٕ نِس مَنہٕ مَندرَس
شوشکھتی ہُند لول چھُے بکھتَن
کھنہٕ کھنہٕ چھی کران زَگتس راٗچھ
ہَرِ ہَرِ راتری سَدا شوٗبہٕ ناوَن
تھاوَن پَنہٕ نِس مَنہٕ مَندرَس
ترٛیلوٗکی ناتھ چھُم دِہنہٕ دَیالے
وِشواسہٕ باسُم سے بھگوان

مولہٕ روٗس دُرِ پھوٗل مَنہٕ للہٕ ناوَن
تھاوَن پَنہٕ نِس مَنہٕ مَندرَس





# 63- مَنگلا ناو چون کرِ منگل

بُھتہِ باوٕ گنزراو چانٕی چھم کل
مَنگلا ناو چون کرِ منگل

گوش تھاو میانین نادَن جَل
مَنگلا ناو چون کرِ منگل

اَشٹا دَش بوٗزا شارِکا جی
پمپوشہِ پادَن بوسہٕ میانٕی چھی

ہاوتم سنموکھ دَرشُن ٕمے جل
مَنگلا ناو چون کرِ منگل

ترٕ ن بھوَنَن منز چون چھے راج
راجہِ رینٕی بُھتنن چھکھ رچھان لاج

چون چھُم آسرِ چانی کل
مَنگلا ناو چون کرِ منگل

تھانہٕ چھُتھ روُٹمُت بیابانَن
نتھ کران سأل چھکھ اَسمانَن

چھُس پَتھر پیوٗمُت تھوٗ دتُلم جل
مَنگلا ناو چون کرِ منگل

شیرِ ببراہ چھُے ژیرٕ واہَن
تارکیاہ ترٕن بھوَنن ژ پھیرن

اَکھ شباہ سانہِ روزِ سنموکھ یہِ جَل
مَنگلا ناو چون کرِ منگل

مأج بھوأنی ٕمے شرکٕڑ یتھ بہٕ وُچھتھ
براجمان مَنہِ تخٕتس پٹھ بہتھ

گُجگاہ کرَے پیٔمٕ ژرنَن تل
مٔنگلا ناو چون کرِ منگل

راکھسن چھکھ کران ژٕ ے سمہار
بُھتنن چھکھ دِوان بوٗسرٕ تار

دیوَن چاوان امربتہٕ زَل
مَنگلا ناو چون کرِ منگل

مأج بھوأنی پأپیس ٕمے کاس شاپھ
کھِہ کرُم پاپَن دوٗر کرشاپھ

پھوٗلراوتےٚ میون بُھتی ڈَل
مَنگلا ناو چون کرِ منگل

نیٚشبوٗ دشُر چھُسے زارِ پارَس
باٗزی گار سمسار کوٗت پزارس

وِشواسہٕ ساراوم بَن نبرمل
مَنگلا ناو چون کرِ منگل

# 64- سورُے تٔمۍ سُنڈُ ے

کیلاش پَر وَتہٕ پِٹھ دڑ او شِوٕ ناتھ شکھتی سہت چھُس یُن سونُے
پوشہِ پۄزا کروکھ پوشہِ وَرشونُے شکھتی سہت چھُس یُن سونُے
ڈمرۄ وایان جٔٹہِ مَنز گنگ چھَس ہَٹہِ چھُس واسک ناگ شۄبان
ڈبکہٕ کُے ژٔندرمہٕ چھُس لۄبہٕ وونُے شکھتی سہت چھُس یُن سونُے
سۄر چھُس مٔلۍ تھے نَنہِ تنہِ شۄبان کنہٕ نِے چھِس ژنڈٕ ہٕکۍ کنہٕ وأ لی
روونڈٕ مالہٕ دأری موکھٕ اَسہِ وونُے شکھتی سہت چھُس یُن سونُے
مَنز وَتہِ تڑ اوان چھُنہٕ زانہہ بٔگھتن گار ہس یُس منہٕ سُے بٔگھتی ٹوٹھ
سبز رِچ نظراہ پانہٕ تھاوِ وونُے شکھتی سہت چھُس یُن سونُے
آکاش پاتال دَھرتی تہٕ شُنۍ چھُے سورُے تٔمۍ سُنڈُ ے شِیل سو بھاو
مایا سۆست سُے موہ ہَرِ وونُے شکھتی سہت چھُس یُن سونُے
چھَم جاے تَس کرِ منہٕ کَس مندرَس کایا میأنۍ تَس بڑشبہٕ آسن
دھۄپ دیپ آلہٕ وَس کاسہِ اَسہِ گڑ ونُے شکھتی سہت چھُس یُن سونُے
وِشواسہٕ سان سۄرِ پڑتھ گرِ ہرِ ہرِ زگت گور بھگوانہٕ سأ کھی روز

سُے اوم مَنتر سُے اوم میۆنُے
شکھتی سہت چھُس یُن سونُے

# 65- شرٛدھانجلی

(تَس شُربن ہنٛز ماجہِ شرٛدھانجلی یوسہٕ صرف 14 اگست 1962 پیٹھہٕ 31 جنوری 1973 دُہچہِ اکہِ بجہٕ تاہے مےٚ نکھہٕ ڈٔکھہِ روٗزتہٕ پتہٕ دژایہ سورگس گٔن۔ بھگوان بَب دِی نَس آتماہَس شانٛتی!)

عاٚر روٗس دژاو یار میٚون
ترٛأوِتھ مےٚ ژوٗل وَنہٕ واس گوٚ
دِل پَنٕن کتہِ روٗد پنٕن
حبس ہوش ڈوٗلِم تلہٕ واس گوٚ

پیٚیہٕ ہرٕتھ لوٚ ہٕش بیرٕ
سوٚنتے کنڈٕ بو تَس بوسہٕ دِتی
گُل رِوان روٗد ژھایہِ ژھایے
مخملس تَس خاصہٕ گوٚ

دِل چھُ اُوٚیل پوش اکھ
پھولہِ ییٚلہِ پھولن تیٚلہِ شالہٕ مار
وِشواسہٕ کر ژبڈ رٕٹھ قرار
چوٚن بوٗزِتھ تراس کھوٚ

